کأشر افسانہٕ سومبرن

# اراٹُن دَب

محمد شفیع ایاز

# ورق ورق

☆ کِتابہِ ہُند ناو: اراتُن دَب

☆ مصنف: محمد شفیع ایازؔ

☆ صنف: کأشر افسانہٕ سومبرن

☆ اشاعتُک وٕری ۲۰۲۲ عیسوی

☆ مول: ڈأے ہتھ- Rs: 250/-

☆ طباعت: المختار پبلیشرز نئ بستی انت ناگ کشمیر


**کتاب میلنُک پتہ:**

☆ کتاب گھر لال چوک سرینگر ☆ مراز ادبی سنگم بجبہاڑہ کشمیر

☆ اے، ایس، بک سٹال، ظہور کمپلیکس، اقبال مارکیٹ انت ناگ

☆ ڈاکٹر محمد شفیع ایازؔ: اقبال آباد انت ناگ کشمیر 9419040604


ISBN 978-93-5737-646-4

ARATUN DAB
by : Mohammad Shafi Ayaz 9419040604
Edition : 2022
Price : Rs 250/-
Publisher : Almukhtar Publishers, Anantnag
almukhtar@gmail.com 9797005555

# گوڈ کتھ

یوتام کاشُر افسانہٕ لیکھنُک تعلُق چُھ میٚہ لیوٚ کھ گوڈنیُک افسانہ ''اڈ ژٔڈ اَرمان'' ۱۹۷۶ عیسویس منز یُس پتہ ۱۹۷۸ؤ منز اَکس میگزینس منز شایع سپُد۔ میأنی گوڈنِچ افسانہ سومبرن اَس اُردو افسانن ہنز یس از بروٚنہہ تروٚہ وٕری یعنے ۱۹۹۹ؤ منز شایع سپز۔

پوٚز ونہ ہو ینہٕ تِتھے ہیوٗ گژھِو۔ میٚہ چُھ مولوٗم ووٗنی چھُ خال کانٛہہ کأشرِ کتابہٕ پران، مُلہ ہیٚنج چھنہ کتھے۔ کأشرِ زبأنی ہُند ژھوکھ در، بہلہِ پا یک ادیب اَستن یا شأیر۔ پرناون وألی اَستن یا سرکأری تہٕ نیم سرکأری ادارہ۔ تِم چھنہ ووٗنی کأشرِ زبأنی منز لیکھن واجنن کتابن سنٛزِ زانٛہہ یا چھکھ نہ ٹاری کھسان نتہٕ چھکھ ازروٚن۔ میٚہ چُھ ذأتی تجرُبہ زِیم تہِ کتابہ میٚہ کأشرِ زبأنی ورأے بیٚیہ کُنہ خاص کر اُردوس منز لیچھِ تِمن اَس ہہنہ وألی سرکأری ادارہ بروٚنہہ بروٚنہہ مگر ووٗنِکھ تام ہٕژ نہ کانٛسہِ تہِ ادارن میأنی کأشرِ کتاب تہٕ یہوے حال چُھ باقی کأشرِ لیکھارن ہُند تہِ۔ ووٗنی گوا گر پرٛ زوٗ راَسبس تیٚلہِ چُھس نہ کانٛہہ

## اراتُن دَب





# صحراوُک شہجار

کأشُر افسانہ چُھ کأشر شأعری مقابلہٕ ہنا کم وأنسہِ باوجوٗد تہٕ مبقدار کیو معیار اعتبارٕ باڈوودار تہٕ کُشادٕ ہلم۔ ترقی پسند تحریکہ ہندی اشتراکی سونچن دیُت کأشرس افسانس زایُن تہٕ جدید زمانہ چہ جدید حبس آگہی دِتُس موضوعی، لسانی تہٕ تکنیکی اعتبارٕ وُسجار تہٕ وہراو۔ وُچھان وُچھانے سپُد کأشر افسانہ تخلیقی طور بالغ تہٕ باقی نثری صنفن مقابلہ پرأون تہٕ ڈھ قدآوری زِ افسانہ رَکس پرتھ باشعور قأری لیس لجہ زنتہٕ أچھ درس تہٕ پیوس پننہ نَس تنقیدی شعورس ژبتھ دِتھ واش کڈن۔ امی تنقیدی شعورن سمکھو وسوخن شناس قأری کأشر افسانہٕ رَکس تِمس تخلیقی کردارس تیمی وُہمہِ صدی ہندِ شیمہ ڈٕہلہ پتھ نوی مِس ڈٕہلس تام واتان واتان عالمی ادبُک مزاز پرزنأوتھ، پرکھأوِتھ پننہِ تخلیقی شعورُک وپھوار عروجس واتنووتہٕ کأشرس افسانس بخشن اعلی کاے تہٕ آفأقی پاے۔ کأشرِ افسانہٕ رَکس اتھ اعلیٰ تخلیقی وپھوارس چھِ ژکس تل شاید زِ بُنیأدی عنصر یاوجوٗہات۔ اکھ یہ زِ

پرواٚے۔ تاٚویزٕ پھوکھ دِتھ پکہ ناوبس بروٚنہہ نتہٕ نچاٚرِس خداحاٚفظ۔ اٚکھتھ کرنس واہ واہ تہٕ پترن سگ دِتھ دیہِ نس موٗلن دروت۔ نہ روزِ گھرُک تہٕ نہ بازرُک۔ یاردوست ونس آبادروز مگر سانہِ کھوتہٕ زیادہ نہ کینٛہہ۔ خاٚر یہ چھِ اسہ پنٛنی کتھ، بیٚیس ماہیکو ؤنتھ۔

پتہٕ گوشوق۔ شوقس کیا کری زِ توے چھِ کاٗشر پاٗٹھی لیکھان۔ پنٛنی ماجہِ زیو چھنا۔ امہ ستی چھُ اسہِ اوپ ژوپ گومُت۔ اٚسی چھِ امکی حقیقی واٚرث۔ اتھ چُھنہٕ کانٛہہ شک۔ یوتام میانین افسانن ہُند تعلق چھِ، یمن افسانن ہِندی کردار، کتھ زمان ومکان سورُے چھُ شوٚد کاٗشر۔ یم کردار چھِ پننہِ زیوِ منٛز پنٛنی باوتھ کران لیس نہ بیٚیہ کُنہ تہِ زباٗنی منٛز پننہ اصلیت سان بیٚیہِ کرنہٕ۔ یم کردار چھِ کاٗشری تہٕ کاٗشر زیوِ منٛز پھانپھلان۔ یوٚ دوے تُہۍ یم افسانہ پٔری ہوکھ تُہۍ لبہِ ہوکھ یم کردار پانس دوچھنی کھووری تہٕ سےٚ چھِ میاٗنی کوٗشش روزٕ مژ۔

اگر تو ہیہ یم افسانہ ٹارِ کھسن سہ چھِ میاٗنی کامیاٗبی تہٕ اگر تہِ گرٛ ھِنہ تتھ پیٹھ تہِ چھس بہٕ خوش زِ توتہِ پٔری وہ۔ خوداٚے کری نوراٚ چھ

محمد شفیع ایاز

اقبال آباد، اننت ناگ کشمیر

## اراٹُن دَب

موضوعی سرحد تلاش کرنٕکۍ جستجو کران۔ امہ جستجوٕکس تنوظُرس منز موڑیوو کأشر
افسانٕک غالب موضوع کشیر تہٕ کأشرٮ۪ن ہُند سہ دود تہٕ دگ یتھ تیمی منٛز
ہندٮ۪ن لۄکن ستی تعلق اوس یاچھ۔ امہِ قبیلہ کس افسانس منز رۄدی افسانہ نگار
سندی ذأتی جذبات ہناز یادے پہن شأمل یتھ منز بعضے تسند قومی شعور تہٕ تسند
عقیدٕ تہٕ جلوٕ گرسپد۔ کُلہم انسأنی صورت حال موڑیوو أکس مخصوٗص انسان
سندس مخصوٗص مقأمی کردار سُند صوٗرت حال یتھ بیاکھ کانٛہہ معنوی امکان
تلاش کرُن ممکن چھنہ۔ امہِ قبیلک بیشتر افسانہ بنیوو تجرُبہ بجایہ وبد اکھ یتھ منز
زیادٕ پہن بالہٕ اپأرِم کأشُر افسانہ شأمل چُھ۔ یتھ بیانیہ نثری مرثی تہِ وٕنتھ ہیکو۔
ووں گو افسانہ نگارن ہندِس اتھ کُلہم کاروانس منز چھِ کینٛہہ تتھی افسانہ نگار تہٕ یم
شعوری طور افسانہ کس بُنیأدی جُزن تہٕ لوازماتن رأچھ کران رۄدی تکیازِ یہ چُھ
اکھ خودمختار نثری صنف یتھ باقے نثری صِنفن مقابلہ پننی کینٛہہ مخصوٗص تقاضہ
چھِ، یمن افسانوی وَل تہِ وٕنتھ ہیکو۔ یِمے تکنیکی تقاضہ تہٕ وَل چھِ افسانٕک حُسن
تہٕ افسانہ نگار سُند تخلیقی وصف بنان۔ یم افسانہ نگار تہِ رۄدی تیمی منٛز ہندٮ۪ن
انسأنی مسلن، معاملن تہٕ سمأجی ورن وأرِی داتن پننیٮ۪ن افسانن منز زٕو انان۔
اما پۄز تہندٮ۪ن افسانن ہُند کردار بنیو نہ محض کأنسہِ مخصوٗص سمأجی زندگی
گُزارن وألس مخصوٗص فردٕ سُند وبد اکھ بلکہ انسان سندٮ۪ن بُنیأدی ورن وأرِی

## اراتُن دَب

کشیر چھے قدیم کالہٕ پیٹھے کتھن تہٕ کتھہٕ ٹتالمن ہُند اہم دربار روزمُت۔ کتھہٕ گوٚر چھُ کأشرِ ین ہنٛز سماجی زندگی ہُند اکھ اہم کردار ییٚس أندٕ أندٕ بہتھ بوزن وألی پٔنٛن سوکھ دوکھ مشرأوِتھ لُطف اندوز سپدان آسی۔ امی پوٚت منظرُک تخلیقی شاہکار چھُ گناڑے منٛز "برہتھ کتھا" ناوِچ دلیلہ کتاب۔ تیٚمی سنسکرت زبأنی ہنٛز "کتھا سرت ساگر" تہٕ فارسی زبأنی ہنٛز "کلیلہ دمنہ" ناوِچن مشہوٗر دلیلہٕ کتابن ہنٛد ییٚنہٕ وٕنٛن تیار کوٚر۔ یہے بختاوار روایت چھے سأنِس افسانس ڈٲکس۔ دوٚیم یہِ زِ سأنی افسانہ نگار آسی پنٕنہ مستند روایژ ستی ستی نوز مانہٕ کِنہ نوینہ علمی کیوادبی تراین گژاین پزنہٕ پأٹھی وأقف۔ امیک استفادٕ کٔرِتھ کوٚر کھ پٔنٛن تخلیقی شعور بالیدٕ تہٕ کأشرٕ افسانہ کوٚر کھ اعلیٰ تہٕ آفاقی تخلیقی تجرُبن ستی متعارف حالانکہ اتھ دورس منٛز تہِ آیہِ کینٛہہ تِتھی افسانہٕ لیکھنہٕ یِم جدیدیت کِس فأشن زدا بہامس وٕلِتھ محض پریٛشہٕ روزان چھِ۔ تِھبن کینٛژن افسانن ہنٛز کہانی، کردار تہٕ پلاٹ چھِ فلسفہ تہٕ تکنیکی گرتچہ چھپہ لٔگِتھ افسانہ کِنہ بنیادی جُزن تہٕ عنصرن ددارٕ واتناوان۔

وُہمہ صدی ہُند نوم دہیٚل چھُ کأشرِ افسانہ کِس اکِس نٔوِس پڑاوس دس ٹلان، یتھ کأشرِ افسانک ترٛیٚم پڑاو تہِ وٕنتھ ہیکو۔ اتھ پڑاوس پیٹھ چھُ کأشرِ افسانہ پنٕنہِ زمانہٕ کِس سیاسی تہٕ سمأجی تقاضن ہندس پوٚت منظرس تحت پٔنٛنہٕ

موضوعی سرحد تلاش کرنکی جستجو کران۔ امہ جستجو کِس تنوظُرس منز موڑ یوو کأشر افسانُک غأئب موضوع کشیر تہٕ کأشر بن ہُند سُہ دود تہٕ دگ یتھ تیمی مرٕ ہند بن لؤکن ستی تعلُق اوس یاچھ۔ امہِ قبیلہ کس افسانس منز روٗدی افسانہ نگار سندی ذأتی جذبات ہنا زیادے پہن شأمِل یتھ منز بعضے تسند قومی شعور تہٕ تسند عقیدتہٕ جلوٕ گر سپد۔ کُلہم انسأنی صورت حال موڑ یووأ کس مخصوٗص انسان سندس مخصوٗص مقأمی کردار سُند صوٗرت حال یتھ بیاکھ کأنہہ معنوی امکان تلاش کرُن ممکن چُھنہ۔ امہِ قبیلک بیشتر افسانہ بنیو وتجرُبہ بجایہ وبداکھ یتھ منز زیادٕ پہن بالہٕ اپأرِم کأشُر افسانہ شأمل چُھ۔ یتھ بیانیہ نثری مرثی تہِ وٕنتھ ہیکو۔ ووں گوافسانہ نگارن ہِندِس اتھ کُلہم کاروانس منز چھِ کینٛہہ تتھی افسانہ نگار تہِ یم شعوری طور افسانہ کِنِ بُنیأدی جُزن تہٕ لوازماتن رأچھ کران روٗدی تکیازِ یہ چُھ اکھ خودمختار نثری صنف یتھ باقے نثری صِنفن مقابلہ پننی کینٛہہ مخصوٗص تقاضہ چھِ، یمن افسانوی وَل تہِ وٕنتھ ہیکو۔ یمے تکنیکی تقاضہ تہٕ وَل چھِ افسانُک حُسن تہٕ افسانہ نگار سُند تخلیقی وصف بنان۔ یم افسانہ نگار تہِ روٗدی تیمی مرٕ ہند بن انسأنی مسلن، معاملن تہٕ سمأجی ورن وأری داتن پننین افسانن منز زبو انان۔ اما پوٚز تہند بن افسانن ہُند کِردار بنیو نہ محض کأنسہِ مخصوٗص سمأجی زندگی گُزارن وألس مخصوٗص فردِ سُند وبداکھ بلکہ انسان سند بن بُنیأدی ورن وأری

## اراٹُن دَب

کشیر چھےٚ قدیم کالہٕ پیٹھے کتھن تہٕ کتھہٕ کُتالبن ہُند اہم دربار روٗزمُت ۔ کتھہٕ گوٚر چُھ کأشرِ بن ہنٛز سمأجی زندگی ہُند اکھ اہم کردار یُس أندۍ أندۍ بِہتھ بوزن وألی پنُن سوکھ دوکھ مشرأوِتھ لُطف اندوز سپدان أسی۔ امی پوٚت منظرُک تخلیقی شاہکار چُھ گناڑے منٛز ''برہتھ کتھا'' ناوٕچ دلیلہ کتاب۔ یمی سنسکرت زبأنۍ ہنٛز ''کتھا سرت ساگر'' تہٕ فارسی زبأنۍ ہنٛز 'کلیلہ دمنہ' ناوٕچن مشہوٗر دلیلہٕ کتابن ہند بیٛنز ووٗنن تیار کوٚر۔ یِہے بختاوار روایت چھےٚ سأنس افسانس ڈکھس۔ دوٚیم یہِ زسأنۍ افسانہ نگار أسی پننہ مستند روایژ ستی نوزمانہٕ کِبن نوینہ علمی کیوادبی تراین گژاین پژنہٕ پأٹھی وأقف۔ امیک استفادٕ کٔرِتھ کوٚرُکھ پنن تخلیقی شعور بالیدٕ تہٕ کأشُر افسانہ کوٚرُکھ اعلیٰ تہٕ آفاقی تخلیقی تجرُ بن ستی متعارف حالانکہ اتھ دورس منٛز تہِ آیہِ کینٛہہ تِتھی افسانہٕ لیکھنہٕ یِم جدیدیت کس فأشن زدا بہاس وٕلتھ محض پریژ روزان چھِ۔ یِتھبن کینٛژن افسانن ہنٛز کہانی، کردار تہٕ پلاٹ چھِ فلسفہ تہٕ تکنیکی گرتچہ چھپہٕ لگِتھ افسانہ کِبن بنیادی جُزن تہٕ عنصرن دداوٕ واتناوان۔

وُہمہ صدی ہُند نوم دہیٚل چھ کأشرِ افسانہ کس أکس نٔوس پڑاوس دس ٹلان، یتھ کأشر افسانک ترٚیمیم پڑاوتہٕ وٕنتھ ہیکو۔ اتھ پڑاوس پیٹھ چُھ کأشُر افسانہ پننہِ زمانہٕ کِس سیاسی تہٕ سمأجی تقاضن ہندس پوٚت منظرس تحت پننہٕ

تہٕ دأخلی صورت حال آسہِ ۔ محمد شفیع ایاؔز سندی افسانہٕ چھِ اتھ مخصوٗص تنوظرس منز اَکس کامیاب افسانہ نگارسندی خوبصوٗرتھ تخلیقی تجرُبہ یم ییٚمی میژِ ہندس انسان سُند حال واحوال باوان انسأنی صوٗرت حالس ستی ہم آہنگ سپدِتھ انسأنی ذأتھ ہُند روداد بنان چھِ ۔ ایاؔز سند ین افسانن ہنٛدی کردار چھِ ییٚمی سماجکی اکھ یا بیا کھ فرد تہٕ تمن ستی وابستہ معاملات تہٕ معاملاتن نسبتھ کردار ہُند رویہ چُھ عأن تہٕ غأن سانی سماجُک تصویر ووتلان اما پوٚز امیُک حُسن تہٕ وصف چُھ اتھ تصویرس منز ووتلن وول ڈراما، ییٚمکی کردار، پلاٹ تہٕ پلاٹس منز دِیِد مان سپدن وول واقعاتی نظام، منظرن ہُند خوٗبصورت اوندپوٚکھ تہٕ مکالمن ہندس پس منظرس منز کردارن ہُند وجود زندٕ زوصوٗرتھ پراوان چُھ ۔ بیا کھ توجہ طلب کتھ یہ زِ کُنہ تخلیقس منز باونہٕ آمُت مضموٗن چُھنہ تیوٗت اہم یوٗتاہ اہم تمہ مضموٗنُک لسأنی گرتھ چُھ ۔ واقعہ کھوتہٕ چُھ واقعُک بیان اہم یتھ ترسیل تہِ ونان چھِ ۔ کانٛہہ تہٕ خیال یا تجرُبہ باونہٕ باپتھ گژھن موزون لفظ تہٕ تمن لفظن ہُند ورتاون وَل گژھِ بدس آسُن ۔ افسانس منز گژھِ کردارن ہنز زبان کردارن ہنزے آسٕنی یتھ بظاہر افسانہ نگارسنزِ افسانوی زبأنی ستی کانٛہہ تعلق آسان چُھنہ ۔ افسانس منز ییٚمہ نوعیتُک ، ییٚمہ ماحولُک تہٕ ییٚمہ معیارُک کردار آسہِ تیٚسنز زبان یا مکالمہ گژھن تمکی عکاس بنٛنی تہٕ افسانہ نگار گژھنہ تمن پنٕنی لفظ

داتن ءستی ہم آہنگ سپدِ تھ کُلہم انسانی صورت حالُک ترجمان۔ ءکردار روٗدنہ محض ظأہری زندگی ہُند ہاوباو بلکہ دأخلی زندگی ہندین احساسن تہٕ ارمانن ہنز آواز۔ بلکہ ونو زِ کردار روٗدنہ محض اکھ سمأجی فرد بلکہ پانس ہوین انسانن ہنٛز کُلہم سمأجی زندگی ہُند ترجمان یُس ورگہ پأٹھی کُلہم انسان ذاژ ہندین سوکھن دوکھن ہنٛز ترجمأنی کران چُھ۔ امہ قبیلہ کین ہُشیار ذہن افسانہ نگارن منٛز چھ محمد شفیع ایاز تہِ شأمل یہندس افسانس منٛز تسُند شعوری عمل شأمِل چُھ تہٕ یوہے شعوری عمل چُھ ایاز سندین افسانن موضوعی لگہاری تہٕ تکنیکی اوسودگی بخشان۔

محمد شفیع ایاز چُھ اکھ حساس سمأجی فرد آسنہٕ کنہٕ پننِس سماجس منٛز روزن والین انسانن ہندین مسلن معاملن سنجیدگی سان ژرژان تہٕ پانہٕ محسوٗس کٔرتھ تمن پننین افسانن ہندی مضموٗن بنأوِتھ لسأنی اظہار دِوان۔ ووں گو ایاز چُھنہ یمن فوٹو ٹُلِتھ کُنہ معلوماتی نثر پارس منٛز باوتھ دِوان بلکہ أکِس تخلیق کارسندی پأٹھی یمن دوہ دبن کین واقعن زندٕ زوٗ صوٗرتھ دِتھ افسانوی قالبس منٛز زیو انان۔ چونکہ افسانہ چُھ تخلیقکارٕ سُند اندریم ژیونُت اکھ احساس یُس خأرجی پزربأ گراونہٕ بجایہ دأخلی حقیقژ ہُند ترجمان چُھ۔ افسانہ چُھنہ محض ترتیب وار واقعاتن ہُند وجوٗہی رشتہ یا کانٛہہ منطقی دلیل بلکہ اکھ محسوٗس صورت حالٕ ییمیُک مرکزی محور کانٛسہِ مخصوٗص جایہ روزن وألِس انسان سُند کانٛہہ مخصوٗص خأرجی

سپدِ تھ آ گہی تہٕ آنند پراوان یُس جان ادبُک پرزناوُن نشانہ چُھ۔ ایاز سندٮ۪ن افسانن ہٕنز یہے لِسأنی خصوٗصیت چھےٚ تسندٮ۪ن افسانن ہُند حُسن تہٕ وصف بنان۔

از چُھ محمد شفیع ایاز پنٕنۍ "اراٹُن دَب" ناوۍ افسانہ سومبرن چھاپ کٔرتھ بازر تراوان۔ "اراٹُن دب" چُھ اکھ مشہوٗر کأشُر محاورٕ یمِک فکری، لسانی یا تواریٖخی معنہ مےٚ ژھانڈنہ باوجوٗد کُنہِ ڈکشنری یا انسایکلو پیڈیا منٛز دراونہٕ تاکہ امہ محاوُرک اصلی معنے مفہوٗم سپدِ ہے معلوٗم۔ وۄں گوٚو عام پأٹھۍ چھِ أسۍ اراٹُن دَب تتھ خاموشی ونان یۄلہِ سوٗرے عالم زن شوٚنگتھ آسان چُھ۔ اتھ محاورس کیا تہِ معنے أسۍ تن یا پوٚت منظر أسۍ تن مگر اتھ چُھ پنُن خوبصوٗرت تہٕ معنہ سوو تمثیلی آکار۔ امہ اعتبارٕ تہِ چُھ دردس افسانہ سومبرنہ ہُند عنوان ژارن وول کأشر زبأنۍ ہندِ محاوراتی نظامُک کینٛژھا طألب تہٕ کینٛژھاہ مطلوٗب۔ یمہ باپتھ بہ پننِس دوست جناب محمد شفیع ایاز صأبس وژھِ وأنجہ مبارک کران چُھس تہٕ شوٗبس تہِ تکیا زِ میانہ حسابہ چُھ مراز کشیرِ ہندٮ۪ن اسرارن ہُند معنہ سوو گنجینہ اتھ پوٚت منظرس منٛز چھےٚ مرازس للہٕ دیدٕ، شیخ العالمؒ، حبہ خوتوٗن، محموٗد گأمی، رسول میر، خضر ملک صفأیؔ، زین الدین ولی، بابا بام الدین، ریشہ مولؒ تہٕ بابا نصیب الدینؒ غازی ہوۍ عألمن، مفکرن، شاعرن تہٕ مذہبی رہنماہن ہٕنز عظمت

آپراوُن ۔ محمد شفیع ایازٓ سندۍ افسانہ چھِ امہ اعتبارٕ اَکس باشعور فنکارٕ سندۍ تخلیقی نموٗنہ ۔ ایازٓ چھُ زبان ورتاونٕہ وِزِ محتاط روزان تہٕ مکالمن چھُ موزوٗن تہٕ مناسب صوٗرتھ دِتھ پننہِ فنکاری ہُند ثبوت دِوان ۔ حالانکہ عام فہم زبان ورتاونٕہ وِزِ چھِ تخلیق کارس زیادے پہن پنُن شعوری عمل بیدار تھاوُن پیوان تکیازِ ابہام روٗس کانٛہہ واقعہ باُوتھ پرن وألی سُند ظون تتھ واقعس کُن پھرُن چھُ فن ۔ زبأنی ہُند استعاراتی تہٕ علامتی ورتاو چھُ تخلیقی زبأنی ہُند حُسن گنزراونٕہ یِوان ۔ اما پوٗز باضے چھُ فنکار عام زبأنی تہٕ تخلیقی زبأنی ہُند وصف عطا کرتھ لوکٹس واقعس منٛز کانٛہہ بوٚڈ تجربہ باوان یُس بہرحال فنکارٕ سنٛز لسأنی زأنی کأری ہُند تخلیقی گون مأنِتھ ہیکو ۔ شاعری مقابلہ چھُ یہ گون افسانہ صنفہ منٛز زیادٕ ممکن بلکہ زیادے پہن قأبلِ قبوٗل، بشرطیکہ افسانہ نگارسندۍ سأری حِس بیدار آسن ۔

محمد شفیع ایازٓ چھُ پننین افسانن منٛز سہل تہٕ عام فہم زبان ورتاوان اما پوٚز تسنٛز یہ عام فہم زبان چھِ پرن وألس تام تہٕ سورُے واتناوان یہ کینٛہہ ہا افسانہ نگار باوُن یژھان چھ بلکہ چھُ امی عام فہم زبأنی ہنٛدِ وسیلہ واقعس منٛز باونہٕ آمتِس تجربس تام واتان زبأنی ہنٛدِس تتھ لسأنی محاورس لطف ژُلان یُس کأشرِ زبأنی ہنٛدِس لفظہٕ راشس منٛز موجود چھُ ۔ پرن وول چھُ لفظن ہنٛدِ امی محاوراتی نظام ذٔسی کأشرین ہنٛدِس تہذیبی، ثقافتی تہٕ سماجی زندگی ہندس میراثس تہٕ زأنی یاب

# ٹیوٚٹھ مُدر

گاش اوس لوٚ گمُت پھولنہِ تہٕ مشیدن منٛز اٚس لگھ نماز پٕرِتھ لگو متۍ نیرنہِ تہٕ کُنہ کُنہ مشیدِ منٛز اٚس اورادِفتحیہ تہِ جاٚری۔ بہٕ ووٚتھس جلدی جلدی بسترِ منٛز تھوٚ دتہٕ کوٚ رُم وضوتا کہ نماز پٕر تکیا زِ نماز قضا گژھنگ وخ اوس نزدیک۔ نیبرِ کنہ اوس کُس تازٕ تہٕ خوشگوار ہوا۔ ویسے تہِ چھ سوٚنتہٕ ہوا سارنے خوش کران۔ وندٕ کہِ شینہٕ گٹہٕ کارٕ تہٕ اٚڈجن اژن واجنہٕ ترٕ پتہٕ چھ یہ رب سُنٛز نعمت۔ میٚہ دِژ دارِ کن نظر تہٕ اتہٕ وُچھم جانوار جوراہ ویرِ کُلِس پیٹھ دِگہٕ دِگہٕ کران۔ گاہے اکھ اٚکِس نزدیک یِوان تہٕ گاہے دوٗر بیٚیِس لنجہ پیٹھ گژھتھ پچراے کران زنتہ کیہنتام اکھ اٚکس ونان۔ اٚتھ منٛز آیہِ دوشوے اٚکِس لنجہِ پیٹھ اٚلس نزدیک تہٕ لوگُکھ کلہٕ نژناوُن تہٕ زورٕ زورٕ پچہ راے کرنۍ۔ امہ پتہ بیٹھ تھر پھرِتھ بیوٚن بیوٚن لنجن پیٹھ زن اکھ اٚکِس روشتھ۔ پھراہ گژھتھ آے دوشوے اٚلس نش تہٕ لاٚجکھ ییٚہ پچہَ راے کرنۍ تہٕ زن گنڈُن، لاجکھ ژھالہ مارنہِ۔ اکہ لنجہِ پیٹھ ووٚتھ

ڈکھس ۔اما پۆز امہ باوجوٗد چھ از مراز زنتہٕ سبکلہ صحراوُک خوشک ناگ موژیومُت ۔اتھ صوٗرت حالس منٛز چھ محمد شفیع ایاز بجہ ہُند ستھر کون ہتھ حضرت یوسفؑ مٔلی ہنہٕ درامُت ۔ میٚہ چھُ یقین آیاز صاب پراوِ ضروٗر پنُن منزل۔ خداے بوزِن آیاز سُند یوسف ملی ہینگ امار بنِن حضرت یعقوبؑ سنزن بے گاش چشمن ہُند سورمہ تہٕ حضرت یعقوبؑ سنٛز سور ملی نظر پھولرأونی مراز کس سیٚکہ صحراوس گُل تہٕ گلزار تہٕ بنہِ شہجار ُرک سبب ۔آمین

اخلاص مند

شاد رمضان

حضرتبل سرینگر

۲۵/اگست ۲۰۲۲

نا ۔گھرِ چھِے پٔنُن، کرُن تہٕ پانے تہٕ کھیوٗن تہٕ ''میٚہ ووٗنمس

''میٚہ چھُ تران سورُے فکرِ۔ یہ آسی بیٚنہٕ فون کوٚرمُت ۔ تس ماچھ میون

یتہٕ آسُن خوش کران سو کرِ شو نیا ٹو نیاہ، تس چھُنا میون ازرُون۔ میون خودائے

دِلکھ امیک سزا یتی ییتھ دُنی یاہس منز۔ بہ پوٚشکھ نہ میون خودائے پوٚشنکھ '' امہ

لاجہ تیتشہ ہوٚت کریکہ دِنہٕ۔

''میأنی بیٚنہٕ کتہٕ آیہ منزی۔ تٔمی سٹرِ نے کتھے چھِ۔ وونی یہ ژےٚ خوش ییی

تہ کر۔ میٚہ دِمعافی۔ بہ چھُس دوٚہس تھوٚکھمُت۔ دوہلہ دفترُک ٹینشن تہٕ شامن

گھرُک'' یہ وٕنتھ ژاس بہٕ بیڈروٗمس منز تہٕ فاقے شوٚنگس تہٕ سوشوٚنج دوٗیمس

کوٚٹھس منز۔

جانورن ہُند تماشہ وُچھتھ سوٚنچُم زِیم گٔے جانور۔ اسے انسان چھِ۔

لڑأے، روشُن چھُ آمتُے۔ دپان دوٗن بأژن ہنز لڑأے گٔے وأہراٹھ ہُند

رُوٗد۔ یہ چھنہ پوشان زیادٕ وقتس۔ سو تہٕ آسہِ پراران بہ کر ووتھ تہٕ کرس آلو۔

چھنا جان بہ ووتھ تہٕ گوڈٕ بناو چاے پانے تٔمس رٕژتہِ تہٕ پانس رٕژتہِ۔ پتہٕ کرس

آلو تہٕ چیمو دوشوے۔ سو تہٕ گژھِ خوش تہٕ روشُن تہٕ ژلہِ پانے۔

چاے بنأیتھ دراس بہ خاندارنہ آلو کرنہ تہٕ ژاس تتھ کوٚٹھس منز ییتہِ

سو راتس شوٚنگتھ أس۔

ٹُلان تہٕ بیٚیس لنجہ پیٹھ منزٕ منزٕ ووپھ ٹُلان۔ شاید اوسُکھ لڑایہِ یا روشہ نہ پتہٕ صلاح گومُت۔ امہ پتہ أنِکھ کتہِ تام دانہِ پھلہِ تہٕ لگی دوشوے اسان اسان کھینہِ۔ پتہٕ تُج دوشوے جانور ووہ پھ تہٕ لگی وُڑنہِ۔ بہ اوسُس یہ تماشہ بڈٕ شوقہٕ تہٕ سنجیدگی سان وُچھان تہٕ اندری اوسُس کمن تام حأرثاتن منز وِرِ گومُت۔

کالہٕ ژریتام أسم نہ ہندرے آمژ۔ توے اوسُم صجس ووتھنس ژیر گومُت تکیازِ سحرس أسم زوٗل پیمژ۔ نندرتہِ کتہِ ییٚہِ ہے۔ راتھ ییٚلہ بہٕ دفتر ژپر آس خاندارنہِ اوس زن بُتھ ہنیومُت۔ تِمس آسہِ ہے مالیُن گژھُن۔ بہ آس ناژپر پہن سوہچنہ تور گژھتھ۔ ویسے اوس نہ صجس یُتھ کانٛہہ پروگرام ووٗنی گو مالیوٚن گژھنس ییٚلہِ تہِ تس موڈِیوان چھُ سوچھِ گژھان۔ پتہٕ أستن تاپہ کرأے یاشپنہٕ گٹہ کار۔ ہلےنوڈلےنو پننہِ ہنہِ ژلےنو۔ میٚہ ونیاس سیٚوٗ دُے ''خأری چھاژ کیازِ تتھے ہش؟''

تورٕ ووٚنم نال ''اِدٕ ژےکیا خیرے چُھم یا نہ چُھم۔ ژےگژھی پنُن پان تہٕ بیٚیہ دفتر وارِ وتہِ روزُن۔ بیٚیس گژھتن کینٛہہ تہِ۔ گوڈٕ بہٕ کوس چھیس، موہنی باے۔ دوہس رنان، پاکوان، پلو چھلان تہٕ ڈووان تہٕ پتہٕ بتہٕ موینڈ کھیوان۔ یہ اوس میٚہ تقدیرس بٕنتھ آمُت نتہٕ أس میٚہ مالنہِ تھوکن اتھٕ داران''۔

''آہن ساژٕے کتھ لأجتھ ووٗنی اسمال میرنٛ داستان وٕنی۔ کأم کرکھ

ٹُلان تہٕ بیٚیس لنجہ پیٹھ منزٕ منزٕ ووپھ ٹُلان۔ شاید اوسُکھ لڑایہِ یا روشہ نہ پتہٕ صلاح گومُت۔ امہ پتہ اَنِکھ کتہِ تام دانہِ پھلی تہٕ لگی دوٚشوے اسان اسان کھینہِ۔ پتہٕ تِج دوٚشوے جانورووپھ تہٕ لگی وُڑنہِ۔ بہ اوسُس یہ تماشہ بڈٕ شوقہٕ تہٕ سنجید گی سان وُچھان تہٕ اندری اوسُس کمن تام خاٚرثاتن منز وِرٕ گومُت۔

کالہٕ ژٕیر تام اَسم نہ ہندرے آمٕژ۔ توے اوسُم صبحس ووتھنس ژیر گومُت تکیازِ سحرس اَسم زوٗل پیمٕژ۔ نندرتہِ کتہِ ییہِ ہے۔ راتھ ییلہ بہٕ دفتر ژیر آس خاندارنہِ اوس زن بُتھ ہنیومُت۔ تِمس آسہِ ہے مالیُن گژھُن۔ بہ آس ناژیر پہن سوٚہچنہ تور گژھتھ۔ ویسے اوس نہ صبحس یُتھ کانٛہہ پروگرام ووٚنی گو مالیوٚن گژھنس ییلہِ تہِ تس موڈِ یوان چھُ سوچھِ گژھان۔ پتہ اَستن تاپہ کراٗے یاشینہٕ گٹہ کار۔ ہلے نوڈ لےنو پننہِ ہنہٕ ژلےنو۔ میٚہ ونیاس سیوٚ دُے "خاٚری چھاژ کیازِ یتھے ہش؟"

تورٕ ووٚننم نال "اِژٕے کیا خیرے چھُم یا نہ چھُم۔ ژٕے گژھی پنُن پان تہٕ بیٚیہ دفتر وارٕ وتہِ روزُن۔ بیٚیس گژھتن کینٛہہ تہِ۔ گوڈٕ بہ کوس چھیس، موٚہنی باے۔ دوہس رنان، پاکوان، پلو چھلان تہٕ ڈووان تہٕ پتہ بتہٕ موینڈ کھیوان۔ یہ اوس میٚہ تقدیرس بٔتھ آمُت نتہٕ اَس میٚہ مالنہِ تھوکن اتھہِ داران"۔

"آہن ساژٕے کتھ لاٗژتھ ووٚنی اسمال میرنٛ داستان وٗنی۔ کاٗم کرکھ

# ماجہِ زیو

سکوٗل عمارت اُس نیبر کنہِ واو مالو، ڈیڈیو تہٕ رنگ برنگی بینر وٕستی مہرِ نہ ہندی پأٹھی سجأوِتھ بلکہ یہ اوس باسان کأنسہ ماچھ خاندریا کانٛہہ مأکہِ ماچھ۔ نیبرِم گیٹہٕ پیٹھے اوس دوٗ پاسے گتہٕ پٹین پیٹھ بڈٕ خوشخط لفظن منز کأشرِ زبانہ پیٹھ واراہ سلوگن لیکھتھ۔ ''کأشرین ٕستی کأشری سأری نتہ وأرانکی حأران کاو'' اُردو انگریزی تہٕ چھ جان کأشرس وندٕ ہاپنٕنے پان'' ''کأشرو کأشر متامٔشراو پتہٕ ہا روزی گراو'' بیترِ اوس یمن گتن پیٹھ لیکھتھ۔

شہرس منز سہ تہ کنہ پرایویٹ سکوٗلس منز یتھ ماحول وُچھتھ گوس بہ سیٹھاہ خوش، انگریزی میڈیم سکوٗل اُستھ تہٕ ماجہِ زیوِ ہندس دوٕہس پیٹھ کأشرِ زبأنی ٕستی پزٕ اہ مأئے محبت۔ یہ چھِ پزی پأٹھی تھیکنی لایق۔ سکوٗلس منز اوس از ماجہ زیوِ ہندس دوٕہس پیٹھ اکھ پروگرام تھاونہٕ آمُت یتھ منز کأشرِ زبأنی ہندتھدِ پایکھ ادیب، شأیر، قلم کار، ووستادتہٕ ژوکھ درشرکت کرن وألی آسن۔ خبر کمی تام اوس میون ناوتہِ دیُتمُت تہٕ میتہِ اُس دعوت آمژ دِنہٕ۔

یتھ ہالس منز پروگرام تھاونہٕ آمُت اوس سُہ تہِ اوس کأشرزبانہ ہندیو

## اراٹُن دَب

''وِلو۔ چاے چھِ تیار۔ چاے چیمو'' مێہ وونمس

یہ أس پلوٗلاٗ۔ گتھ زن گُن اوُسس گرٛزھن تہٕ سِتی اوُسس اتھس

کیتھ اکھ بۆڈ بیگ تہِ۔ أمی تُل بیگ تہٕ درایہ نیبر آنگنس منٛز۔ گیٹ مُژ روٗن

اتہِ اوس اکھ آٹو پراران۔ بیگ تُلن اتھس منٛز تہٕ کھٔژ آٹوس تہٕ درایہ۔ بہ روٗدُس

تھلہِ تھلہِ اتھ آٹوس وُچھان۔ گیٹ کوٗرم بند تہٕ نظر پییم جانور جورِ گُن ییس شولہٕ

ماران أس۔



## اراٹھن دَب

پرنسپل صاٲبن یَس کاٲم سکوٗلس منز کاشرِ زیوِ ہنزِ ترقی تہٕ پھانپھلاونہٕ خاطرٕ کرٕمژ چھِ تہٕ کران چھِ سو چھِ تھیکنۍ لایق۔ کاش باقی تعلیمی ادارٕ تہٕ کرہن یہندی پاٹھۍ پننہِ ماجہ زیوِ متعلق پننہٕ ذمہ دارین ہُند احساس۔ أسۍ چھِ پرنسپل صاٲبنۍ مشکوٗر تہٕ چھِ ؤژھِ وانجہ تمن یہ پیش کران"

ہالس منز موجوٗد ساری نفرٕ ؤتھۍ تھوٗد تہٕ ژٕرِ پوٚپ گرِتھ دِژکھ پرنسپل صاٲبس شاباشی۔ یہ گوس ہناہ زیادے پھن خوش، خبر کیاز

پروگرام موکلیوو تہٕ ساری درائے نیبر۔ مگر یہ گوس پرنسپل صاٲبنس آفِس منز سوچُم تمن کرٕ مبارک تہٕ اتھن کرس میوٗٹھ زِوٗ نہ چھا اسہ تتھۍ ژؤ کھ در موجوٗد۔ یوتام تتھۍ ہی شخص اسہ کاشرِن منز زندٕ چھِ توتام چھنہ سانہ ماجہ زیوِ کانٛہہ پروائے۔

دفترس منز أژتھ ؤچھ میٚہ پرنسپل صاب أسۍ پننہِ گرسی پیٹھ تہٕ برٕ ونہہ کنہ أسس سکوٗلکی زٕ لڑکہ استاد یمن منز اکھ کلہٕ نمِرتھ اوس تہٕ بیا کھ اوس پرنسپل صاٲبس ونان

"سر اس نے آج صبح سے چار بار کلاس میں کشمیری میں بات کی اور میری ایک بھی نہ سُنی۔ سر یہ روز ایسا ہی کرتا ہے اور دوسرے لڑکوں کو بھی اپنے ساتھ ملا کر کشمیری میں گانا گاتا ہے۔"

بہلہ پایہ شاعرو ہند یو شارو ٕستی سجأوِتھ بینزو ٕستی شولہٕ ماران۔ سکوٗلکی پرنسپل صأبن گر پڑھین خوش آوے تہٕ وُنوٗن

"کأشرین ہنز پہچان چھِ کأشر زبان۔ سارے زبانہِ چھِ پننہِ پننہِ جایہ صحیح تہٕ اسہِ پزین پرنہِ مگر کأشرِ زبأنی ہندس قیمتس پیٹھ نہ کینہہ۔ یہ چھُ سون سرمایہ تہ اسہِ پزِ اتھ رأچھ کرٕنی۔ اسہ پزن پننہٕ شُری کأشر پرناونی تہ ہیچھناوٕن۔ ولو از کرو یہ عہد زِ أز کہ پیٹھ کرو أسی شُرنی ٕستی کأشرِ پأٹھی کتھ"

پرنسپل صأبُن تقریر اوس واریاہ جان تہٕ ژرِ پوٚپ گرِتھ گراتھ سارو ٕے تأریف۔ امہِ پتہ گے پروگرامچ شروعات کأشر گیوَنہٕ ٕستی یُس کینژو گیون والیو کر۔ کأشرِ زبانہ ہندیو بہلہ پایہ ژوٚکھ دریو کوٚر کأشرِ زبانہِ ہُند تاریخ، امہ چہ موجوٗدٕ صورت حال تہٕ امہِ چہِ ترقی خأطرٕ کأم کرنس پیٹھ تقریر۔ پتہ سپُد اکھ کأشر محفلِ مشاعرٕ یُس شأعرٕ پٔنٕن کلام بوزناوان اوس سُہ اوس سٹیجہ پیٹھ ؤ ٕستھ ہالہٕ منز نیران تہٕ ٕتھِ کنِز گو نصف ہال خأئی۔ سکوٗل والیو اوس سارنے شمولیت کرن والین ہندِ خأطرٕ قہوٕ تہٕ باقر خوانہِ ہُند انتظام تہِ کوٚرمُت۔ أخرس پیٹھ آیہ أکِس ادبی تنظیمہ طرفہٕ سکوٗلہٕ کِس پرنسپل صأبس اکھ توصیفی سند تہٕ اکھ میڈل دِنہٕ۔ امہ وَزَووِن تنظیمہ ہندی زِیٹھ "اسہ چھِ خوشی زِ أسی چھِ پننہِ تنظیمہ ہندِ طرفہ پرنسپل صأبس یہ توصیفی سند تہٕ میڈل پیش کرِنچ سعادت حأصل کران۔

وسان تۂ لبہ تہٕ چھٕس پنِس تیار'' رمضان کاکن وون میٚہ کُن

رمضان کاکن اُس دوہ رات محنت کرِتھ، رأ ژن ہنز بند رراورأ وِتھ یہ دلِہ زتہٕ نمن ہُند مَل کڈِتھ کُٹھ جوراہ بنأوِمتی۔ پزی پأٹھی اُسس نہ روزن جاے۔ خام ، بوسیدہ پرانہ گُپن جایہ منز اوس روزان۔ پتہٕ مہٕ پھرِ اوس سخ پریشان۔ پونسہٕ اُسِس نہ تہٕ نیہٕ جایہ، جایہ کیا، کمرن دون اوسُس ٹین دیُن۔ تمہ وِزِ کرامس میٚہ کم جاۓ مدد تہٕ دِژ ایمس ٹینہ پٹہ کینٛہہ اُنتھ۔ خبر ازکیا چھُس حاجت۔ بہ اوسُس یہ اُندری سونچان تہٕ توے پروژھمس

'' رمضان کاک۔ یہ گو جان۔ جایہ اژُن۔ ووٚنی کیا چھُ حکم میٚہ لایق؟''

'' کیا ھض چھکھ ونان حکم۔ بہ نے تہُند پأ زارلوہ۔ دپھ ھض عرض چھُم زِ دپان اوسُس بیٚس آتھواراژ نیٚہ جایہ۔ بُتھِ چھناعید تہٕ۔ میٚہ نحِض چھُ کرُن کینٛہہ، یہے حلوٕ ژوٹ کرو تیار تہٕ سوے بأ گراوو ہمساین، بیٚیہ ونو مولوی صائبس شامن یُن بتہٕ پھول کھینہٕ۔ سُہ کرِ دعاۓ خأر تہٕ بیٚیہ پرٕ ناوِ موردن فاتحہ، ووٚنی گوتو ہیہ تہٕ گرٕشھو میٚہ تتہٕ آسنی ۔ تو ہندِ ستی چھم شوٗب۔ توہیٚ نے آسہِ ہیو بہٕ کتہٕ بناوہا جاے۔ بو بہٕ لالن بیوٚنُے، تو ہیہ بیونُے تہٕ میڈم جی بیوٚنُے، ساروے ھض کوٚر روزِ وِزِ مدد۔ بہٕ غریب کیا ہیکہ ہانتہٕ کرِتھ'' رمضان کاکس آو

اُس اُمِس وارا صفت دِتمت۔ پزٕ زیور تہٕ محنتی۔ کانٛسہٕ ہُند نہ چھو کاوُن دُکاوُن۔ خاۍر میٚہ گٔے از حاراۍنی زِ رمضان کتھٕ آو یتھ گرمہٕ کراۍیہ منٛز سون۔ شاید ما آسیس کانٛہہ حاجتھ درپیش آمٕت۔ توے پروٗژھمس

''رمضان کاک۔ خاۍری چھاسہ۔ ژٕ کتھٕ کٔنٛزٕ وُنہ کین یور آمُت؟''

''آہن حض خاۍری۔ میٚہ کیا یینس چھُماٹھاکھ۔۔۔'' اُمی تروواسُنا

''نسا۔ تہٕ گمٕ وون۔ ژٕے گھرٕ چھے پٔنٛن۔ یٚلہ خوش ییٖ تیٚلہِ ییٚتہٕ۔ یہ پرژھامے زِوُنی کین یتھ گرمس منٛز یورِیُن'' میٚہ وونمس

''آہن حض گرمےٕ چھُ۔ دپھ حض تاو چھ تیٚمٕژ۔ ہٕر چھنس زیادے پہن دِژٕمژٕ۔ یہُس حض اوس وندٕ تہٕ تیزٕ تہٕ ریتہٕ کول تہٕ چھُ تیتھے مگر میٚہ حض آو نہ گھرِ تاب۔ دۆپُم گوڈٕ ییٚمہ تو ہیٚہ نِش تہٕ ہیٚمہ ہوو مشورٕ رٕژھا'' رمضان کاک ووتھ میٚہ کُن۔

''ون سا۔ خیری چھا۔ کیا مشورٕ'' میٚہ پروٗژھمس

''خاۍری حض۔ خاۍر کری تہٕ نومیون خوداۍے۔ میٚہ چھو ہمیشہ اتھٕ روٗٹ کران سُہ کری نوتو ہیٚہ۔ گٹہ منٛز انہ نوگاش۔ کتھ چھِ یہ زِ میٚہ بناۍیاے ناۓ جاے۔ دپیام ووٗنی ترٕتور۔ پراۍنی گیٚن جاے نہٕ چھِ ووٗنی بسن لایق۔ ترٚ یہ باۍژھِ اَکسےٕ کوٚٹھس منٛز۔ پیٹھ چھس ژھپے تہٕ ووٗنی دۆ درٕمژٕ۔ روٗد تہٕ چھس

اوراوس نہ کیھنٛ ۔ کولہِ اپورترِتھ دِژأمۍ آسمانس کُن نظرتہ دورأیہ ووتھس اوش تہ
گرنی أچھ بند۔ أتھی منز گے زبردست وُزمل تہٕ سأرسے پیوو گاہ۔ کُنی ووٹھ
تُلتھ مُڑراوِ رمضان کاکن أچھ تہٕ ژٕجس کُنی کریکھ نٕیرتھ "عفو خودایا۔۔۔ یہ
کیا، ووندمیازوٗ" ترووُن کلہ زمینس پیٹھ

رمضان کاکن جاے أس تتی موجوٗد تہٕ ترٹھ أس أتھی نزدیک
أ رِکس بونہ پیٹھ۔



أ چھن منز اوٗش ۔ یہ وُچھتھ ؤ ژھ بوبہٕ تہٕ وونس

"رمضان کاکا ۔ یہ چھِ خوشی ہنز کتھ ۔ وُنہ کین چھا اوٗش تراوان ۔ خودأے تھاؤ نے موجوٗد صحتہٕ سان ۔ ووٚنی دی نے چھاونہ یہ جاےٕ ، چہ سہ رمضان کاک چاے ، ژٕے دپہنہِ چھکھ آمُت" یہ وٕنتھ ؤ ژھ سوتھوٚ دتہٕ اپارِ تورُن مٹھایہ لفافہ تہٕ تروٗن رمضان کاکس ہلمس منز تہٕ وونس "یہ چھناشاٗدی ہنز کتھ ۔ یہ گوگڈ مبارک"

رمضان کاک گو وتیوٗتاہ خوش زن تس سورُے دُنیا حأصل اوس گومُت ۔ أسی چھِ بہتے زِ نیبرٕ کھوٚت نبس اوبُر ۔ وچھان وچھان گۓ زن انہِ گٹہٕ تہٕ اتھی ستی لوٗکُن روٗدتہٕ پتہٕ ووتھ تیز واو ۔ گرمس گۓ فرق مگر واوٕ ستی ؤ ژھ دارین درواز ن ٹاسہ رأے ۔ انسان اوس نہ کینہہ بوزان ۔ گھنٹہ جوراہ گژھتھ گوو واوس تہٕ روٗدس تھک تہٕ رمضان کاک لوٚگ نیرنہِ ۔ بہ دراس أمِس ستی ۔ دوٗر پہن أس مشیدِ نش نفرٕ زترٕ یہ کتھ کران

"اہن سا ۔ غریبس چھنا ترٹھ عاشق ۔ بچارَن ووٚمرِ موضوٗری کرِتھ بنایِن کمرہ جوراہ یہ تہٕ آونہ تس خوش ۔ ووٚنی اُس سا أتھی ترٹھ تراوٗنی"

یہ بوٗزِتھ گۓ رمضان کاکس کوٚٹھ بہتھ ۔ مٹھایہ لفافہٕ پیوٚس اتھہٕ منز تہٕ گودم پھٹ ۔ میہ کرس اتھس تھف تہٕ تُلُم تھوٚد ۔ وارٕ وارٕ پکہ نووٗم ورِوارس کُن ۔

خاندارِنی کرتام رحمتِ حق گاٗمژ ٔنے نیچو ر میض اوٗسس سرکاٗری نوکری کران تہٕ صبحس نیرِتھ شامس گھرِ یوان۔

حسہ لالہٕ تِتھے کچھنہ منز دراو نوشہ دِژس ٔنی کربکھ ''نیبرِ چُھ ٔستام گیٹس ٹاسراٗے کران۔ زن روٹِن ٔستام تھکےٕ چُھنہ کران۔ اٗمِس دیتہٕ حض نظر۔ اگر کانٛہہ اوس اپاٗری کرٛی زیون۔ یتہِ کس چھِ ہیکتھ پٔژھ پہتراونی تہٕ چاے چاناوِنی۔ میٚہ چُھ پان نیرُن بازرہٕ کیا کرکھ یتہِ''

حسہ لالہٕ دراو پھوٗٹمتیو کوٗٹھیو تہٕ تروٗن گیٹ

''اسلام علیکم، حسہ لالہ چھاوارے'' یہ اوس حسہ لالُن لوکچارُک ہمسایہ تہٕ یار علی محمد۔

''وعلیکم السلام۔ علی محمد اژ، اژسا اندر، وارے چھوٗ کھا؟''

لانس منز آسہ ٔرسی جوراہ تہٕ دوشوے بِیٹھی یمنے پٹھ

''میٚہ ہسا دوٗپ یژ کال گو سمکھن سےٕ۔ بھروسہ کیا زندگی پٹھ۔ ملاقات چُھ غنیمت۔ باقی یار دوست چھِ توتہِ رتبس منز اکِہ پھرِ سمکھان۔ پنشن بہانہ بنکس منز گژھتھ چھِ اکھ اٗکس ستی ملاقاتھ گژھان۔ کتھا باتھا تہِ چھِ کران تہٕ غم دفاٗیہ تہِ چھِ گژھان مگر چون ملاقاتھ ماچُھ تتہٕ ممکن۔ ژٕ اوسکھ گوڈٕ پٹھے بادشاہ۔ ژٕے ٔرِتھ دوہے عاٗش۔ ٹھیکداٗری ٔرِتھ بنیوکھ بوٗڈ موہنیو تہٕ ساٗنی

# لالہٕ صاٮ۪ب

''گُلشنو۔۔ژورے ہیرٕن بجنہٕ۔دِگرے ووت، چاے مابناوتھ؟''

حسہ لالن کوٚر نوشہ آلو

''چاے بناوکرتامتھ،خبرتوہی کتہٕ آسوٕ۔میٚہ چھ پانہ۔اگرووٕنی چینز چھوکچنس منز چھومنجولس منز۔گیس پیٹھ کریوگرم تہٕ چیو، بہ چھس آور''، گلشن اُس بیڈروٗمس منز بربندگرتھ کہتام کران۔

حسہ لالہٕ ووٕ تُھس یوٗر'' اکھُتے ہااوس میٚہ بُلڈ پریشر دواتہٕ انُن سُہ چُھم نا موکلیوٗمُت ۔اگرعامر صاٮ۪بس دفتر فون کرٕ ہکھ تہٕ ونہٕ ہس دوااورے انُن''

''سُہ چھُ ازآوُر۔اسہ چھُ پتہ شاپنگ کرنہ تہٕ گژھن۔توہی ہے بہتھے چھو، یتہٕ کوس کاٗم چھو کرٕنی ۔ پانے گژھٕ توتہٕ انی تو، ووٕنی چھا اتھ تہٕ چھان دٕ سِل لائگنی ،بیٚیہ اُسی زیونہ ییم کامہ اسہ ونان۔ییم گۓ پانے کرنہ۔اکھُتے آسہ وِزنگن واش نیران بہہ بہہ گژھِ ہو موزوٗر''

گھرِ اوس نہ حسہ لالس تہٕ تسنزِ نوٚشہِ بغاٗر کہنی۔ حسہ لالس اُس

''میٚہ ہساچیے ووٚنی ۔ ژٕ کوٚرُتھ گیٹس ٹھُکھ میٚہ تروو چایہ کپ اتھ منز ۔ پیٹھ چھم نہ بنان زیادٕ چاے چیٚن''

''اسہ اندرٕ کُس ؟'' علی محمدن پرٛوژھس

''نوٚش ہسا۔ گُلشن لالہٕ ۔ بیٚیہ کُس بیٚیہ نہ کینْہہ''

''خوش قسمت ہسا چھُکھ حسہ لال۔ خبر کُس دعا چھُے سیوٚد گومُت ۔ وُچھ کُپاٚری بناٚواٚی چانہ نوٚشہِ پے تہِ تھوٗن نہ۔ اکھ کتھ ساونے ۔ یہ حسا چھے پزی پاٚٹھی ژٕ باگنہ لاٚل آمٕژ ۔ ازچھِ نوشہِ ہیرِ بابن ہٕتھس پیٹھ نژناوان پتہ ییکھ پوٚژھ تمی سنٛد تہٕ تس کیٚژ تہِ بناوِن چاے سُہ تہِ وننے کرنے ۔ تالہ چھکھ نس کھسان، توے وُنے خوش قسمت چھُکھ''

چاے چیتھ لوٚگ علی محمد نیر نہ تہٕ وُنن حسہ لالس کُن

''بہ ہسا وُچھٕ ہن یہ نوٚش چاٚنی ۔ ڈیکس کرٕ ہس میوٚ ٹھ۔ کمہ بختہ بڈٕ گھرچ کوٚرچھِ''

یم اٚس کتھے کران زِ اورٕ درایہ گُلشنہ، حسہ لالس رایہ انا سیرے تہٕ ڈوٗلس بتھِس رنگ ۔ خبر وٚنی کیا چھُم بوزُن نوٚشہ ہندِ زیوِ

'' السلام علیکم انکل ۔ میٚہ نخض وُچھمو ۔ بہ اٚسس اندرٕ، تو وہیہ پریزناوہس نا ۔ بہ حض اٚسس تہنزِ کورِ ناہیدس ستی پران''، گُلشن وٚژ علی محمدس

پأٹھی مارؤدُکھ سرکأرِی ملازم بِنتھ تنخواہ ٹنگین پتہ۔ وُچھ تہٕ أسی چھ ازتہ کھٔجی پھلس آسن رٕتی رٕتس پراران۔ ژٕے گٔری خودأین برکت تہٕ تھوونکھ نہ سرکارس سأئی پأٹھی اتھہٕ دارنس۔ یتہِ گوجانے۔ ووٕنی گو پرون محلّہ ترووُتھ تمیک چُھ سارنے پھیران۔ ووٕنی گو تتہِ کتہِ بنہ ہی پژھ کھُلہٕ جاے تہٕ یُتھ بنگلہ۔ خدأے تھأونے صحت وسلامت۔ پوزٕے ونے میٚہ ہااوسے سٔخ لول آمُت۔ پھیران اوسُم۔ دپان اوسُس اکہٕ پھرِ وُچھہٕ ہے بُتھ" علی محمدس اوس زن بوس آمُت پھٹنس تہٕ اوس ووٕنی لوٚژراوان۔ حسہ لال اوس تس تھلہِ تھلہِ وُچھان تہٕ تٔمی سنز کتھہٕ بوزان۔

"ووٕنی وَنتم حسہ لاہ پانہ چھکھاہ ٹھیکے۔ پننی خبراہ وَن"

"شُکر خودایس کُن، سورُے ٹھیک۔ سو کتہِ انہ زبو۔ ووٕنی گو تمی جنتی وُچھنہ کینہہ تہٕ میٚہ ترأ وِتھ ژٕری" حسہ لالن وونس یوٚرٕ

"وُچھ سہ مرُن زیوٚن چُھ دردست حضرتِ اللہ۔ یتہِ کس چُھ روزُن۔ تراویم کتھہٕ۔ بیٚیہِ ون کینٛہہ" علی محمدن ڈأج کتھہ۔

حسہ لالہٕ ووتھ تھوٚدتہٕ ژاواندر۔ کٔچنس منزٕ گرن پننی چاے گرم تہٕ کڈن چاے تہٕ ژوٚٹ علی محمدس نیبر کُن تہٕ وونس "رٹھ سہ علی محمد۔ چیٚہ سہ ژٕ چاے"

"نسہ بے یوت کتہ۔ دوشوے چیمو یکوٹہ، پانس تہِ ان"

# تحقیقات

''نحض تہٕ یہِ گونا گٹہ کار۔ یہ بلڈنگ اَسکھ پیور سےٕ بنأوِمژ۔ اتھ کیا گو یہ۔ شین کیا پیوو یہ گےٚ پتھر پتھ۔ سخ چھم پھیران۔ أندرِی کِن حض چھ وانجہ زہتہٕ۔ ہاوِنی باوِنی لایق حض أس۔ یاد چھم پیوان ییٚلہِ اتھ بلڈنگہ افتتاح کرأوٗکھ تمہ دوہ اوُسس بتہِ تتی'' عمہ کاکس اوس سخ افسوس تہٕ أسس وأنج دزان توے اوس میٚہ ؤنتھ دلُک بورلوٗ ژراوان۔

''أہنو وونی یہ اتھ گرُھن اوس تہِ گوو۔ وونی ژٕ کیا کرکھ تہٕ بہٕ کیا کرٕ'' میٚہ وونُس یورٕ

''نہ حض نہ بہٕ چھُس نا امہ کُے کھیوان۔ الہ پلہ گیئیم ؤری ترہمٕ اتھ دفترِس منٛز چوکدری کران۔ میٚہ حض چھُ امہ بلڈنگ ہُند تنہٕگُل'' عمہ کاکس اوس بُتھس تہِ رنگ ڈوٗلمُت۔ سخ اوُسس پھیران زِ اتھ بلڈنگہ کیا گوٚو۔ ویسے اوس پوٚ زُے ونان اتہِ آسہ پرانہ بلڈنگ تہٕ واراہ تمن گوٚو نہ کینٛہہ یہ أس نٔوے تأمیر آمٕژ کرنہ۔

''نہ حض تہٕ أخر اتھ کیا گوٚو'' عمہ کاک ووتھ بییٚہ میٚہ کُن

کُن تہٕ اسہ ونہ دہانہ پھیرُ ن حسہ لالس کُن بُتھ تہٕ ووننس ''نحض تو ہیٚ وٕنی زِ ہیو
زِ نیبرِ کنہ کُس چُھ، وتھ حض لالہ صاأب انکل ژانہ ہون اندر۔یم نیرن نہ یتھٕ کُنہٕ
نیبرٕ کنہٕ۔میانہ ویسہ ہُند مول تہٕ تہند دوس، تم چھنہٕ کتھے''

علی محمد ووتھ حسہ لالس کُن ''بختہ یڈکوٗر چھے آمِژ باگنہٕ، خوداأے سوزن
سارنے یژھے نوٚش'' امہ پتہ وون علی محمدن گُلشنس کُن ''نسا کوریاوٕنی کنس نہ،
بیٚیہ چھکھ ژٕ کوٚت تام دراٚمِژ''

''نہ حض گُنے نہ۔پتہ حض نیرِ، یہ حض اوسُم لالہ صاأبس کیُت بلڈ
پریشرُک دوااُنُن بازرٕ نتہٕ کوٚت نیرِ ہا۔یہ کوٚت حض نیرِ پانہ یتھ واأنسہ منٛز۔
اسے أمِس یتھ چھِ۔خوداأے تھاأونی أمی سُند سایہ اسہ موجوٗد۔أسی چھِ أمی
سٕندی نوکر''

لالہ صاأب گو یہ سورُے بوٗزِتھ دم پھٹ۔پتم شاہ گوس پتھ تہٕ برٛونٛٹھم
برونٛٹھ۔اکھ نظر دِژن علی محمدس کُن تہٕ بیاکھ گُلشنس کُن۔



پریژھان زِتحقیقاتس کیا گوٚو۔

''دپان ڈی سی صائبس چھکھ رپورٹ دِیُتمُت۔ اَکس دوٚن دوٚہن منز نہٕ پانے۔ وومید چھم قصوٗروالین خلاف سپدِ کاروائی۔ ژٕ متہٕ ہیتہٕ فکر۔ ژٕ روز خوش۔ یہ بوٗزِتھ پھیوٗ رعمہ کاکس رنگ ہیوٗتہٕ خوش گژھتھ دراو۔

دویمہ دوہ شامس آو عمہ کاک بیہٕ میہٕ نِش تہٕ چھُم بڈٕ خوشی سان پرژھان۔ ''کیا ھض کینٛہہ مابوٗزوٕ ڈی سی ین کیا کوٚر رپورٹ وُچھتھ۔ رٕٹکھاہ یم ژور''

''نساعمہ کاک۔ میہٕ کوٗرے نہ مولوٗم۔ بہ اوسسے دوے دوٚہس ازآوٗر''

''تلہٕ ھض جج کرکھ۔ کانٛسہِ پرٕژھ، میہٕ بوزناوتہٕ خبراہ''

''اِدساٹھہر بہ کرے بشیر صائبس فون۔ سُہ چھُ تتی ڈیوٹی تس آسہِ خبر''

عمہ کاک گو خوش تہٕ بیوٗٹھ لبہٕ کُن ڈوکھ دِتھ۔ عمہ کاک اوس میہٕ کُن تھلہ تھلہ وُچھان۔ بہ اوس بشیر صائبُن بوزان تہٕ وُچھان عمہ کاکس کُن۔ ونہٕ ہس کیا۔ عمہ کاک اوسُکھ خطومُت۔ سُہ اوسُکھ یہ وَنتھ سسپینڈ کوٚرمُت زِ تحقیقاتی رپورٹ مطابق اُس تٔمی غفلت ورتاومُت تکیازِ تٔمی اوس نہ شین وولمُت تہٕ نہ اوسُن افسرن اطلاع کوٚرمُت زِ یوٗت بھاری شین چھُ پیومُت۔



''بوز ساعمہ کاک اتھ ہسہ چھِ دِپان۔ اَئِج تہٕ ژورے تہٕ گج تہٕ ژورے۔اتھ آسیکھ لوگمُت وٚستھ سامان تہٕ اڈ دم تیرا اڈ دم میرا کَر تھ وأجہٕ زڈ نکھ۔ نتہ کیا گژھِ ہیٚس۔۔یتہٕ چھِ ٹھیکدر تہٕ تِتھی ہتھ انجینیر بیٚیہ کیا۔ میٚہ تہٕ ہسہ چھُ امیُک سخ افسوٗس۔افسوٗس چھُم یمن ٹھیکدرن تہٕ انجیرن پیٹھ۔خوفِ خدا تہٕ چھُکھ نہ'' میانہ یمہ کتھہٕ بوٗزِتھ ترو عمہ کاکن زیوٗ ٹھووش تہٕ دوٗپُن

''نہ حض تہٕ یم اَمِکۍ ذمہ دار چھِ یم گژھن سیوٚد پھانسہ کھارٕنی۔ خوداین حض کوٚرر رحم اتہِ اوس نہ تمہ وِزِ کانہہ نتہٕ آسہ ہن خبرٕ کتی ازز وٗ گامتی''

''عمہ کاکہ میٚہ ہسا بوزُے اَدِی ریڈیوس تہٕ ٹی وییس پیٹھ زِڈی سی صاب چھُ تمی ساتہٕ اور آمُت تہٕ چھُن وونمُت زِ اتھ کرو تحقیقات تہٕ یم تہِ اتھ منز ذمہ دار لبنہٕ یِن تمن ییہِ دِنہٕ سخت کھوتہٕ سخت سزا۔اکھتُے بوٗزم مشیدِ منز زِ اکھ کمیٹی چھکھ بنأو ہٕ پُلیس اتھ تحقیقات کَرِتھ پنداہن دوہن منز دِیہِ رپورٹ۔ تمہ پتہٕ دِنی قصوٗروالین سزا۔''

''میٚہ تہٕ حض بوز حأکم ہنٛز زبانہِ۔بہ اوُسس نخض تمہ ساعتہٕ تتی ییٚلہ سُہ آو۔تہِ حض گوجان۔میون خودأے بوزن یمو اتھ بلڈنگہ بناونس منز ژورکر تمن نیرنی تُہ تہٕ لگی نکھ سزا''

پنداہ دوہ تہِ گے بہ چھُس شامس گھرِ تہٕ عمہ کاک پیوٚ وأتھ تہٕ چھُم

لالہٕ صاٲب ووتھ جان صاٲبس کُن

"سہ نہ ہٕض چھِ کتھ، کتھ چھامہِ پتہٕ۔ أمی ہٕض چُھ امہِ پتہٕ فون ٹُلن وأٹس فون کوٚرمُت مگر ٲمی چُھس فون سوچ آف تھوومُت۔ ووٚنی اوس ویڈیوس منز تٔمس یہ دپُن زِ تہِ زارِ پارٕ کران۔ گٔلی گٔنڈتھ ونان "زِبہٕ ہساد ےفونٔکھ ہٕمتھ تہِ یاتہٕ ژٕھے فون نووأنتھ مگر میٚہ دِتہِ میون فون واپس تکیازِ اتھ منز چُھ میٚہ تمام باپار بن تہٕ اسامین ہُند حساب تہٕ فون نمبر۔ اگر میٚہ یہ واپس میلہِ نہ شوٗڈھ ہسا گرٕ ھِ تباہ تہ برباد لہذا خوداے سُند سوال چھے۔ میٚہ دِتہٕ فون واپس۔ بہ ہٕض اوسُس توے یہ ویڈیوٗ چھان تہٕ وُچھان۔ پھیران تہِ اوسُم تہٕ اسُن تہِ اوسُم یِوان، یِمی فون ٹُل تہٕ کورُن بند سہ آسہ بیقل زِسہٕ دییس فون واپس۔ یہ چُھ میون دوست بے عقل تہ اَنتہٕ گومُت۔ زارِ پارٕ کرِتھ یا لالچ دِتھ دیاسہٕ فون واپس۔"

"مگراکھ کتھ ساونے جان صاٲبا۔ أمِس چانس یارس چھے پزٕی پاٹھی وکانہ گومُت۔ اگر أمِس سوٗرے حساب کتاب اتھی منز چُھ تیٚلہ گو یہ مارٕ۔ یتھ بددیانت تہٕ بے ایمان دُنی یاہس منز گیٚیہِ پزٕی پاٹھی تباہ و برٕ باد۔ ہاے خودایہ رحم کرٕ وٗس۔ مگر یہ فون ٹُلن وولتہٕ کو تاہ جعلساز چُھ پتھر پوٗن یہ یار چون۔ ووٚنی کیا بٔنِس بچأرِس۔ یہ ناچھِ انِج کتھ یہ چھِ افسوٗسچ کتھ" لالس تہِ پھیوٗ رنگ

# موبایل فون

''یوٚت کیا چُھ اتھ موبایلس منز، ژٕ چُھکھ نہ اٚدِ پیٚٹھ یہ اتھ منزٕ تراوان تہٕ پانسےٚ ستی آسان زن۔ بوزسا جان صأبا وِ نکنےٚ شامس سأری گھر کی بأژ یکجا بہتھ چھِ، یہ چُھنہ جان گژھان۔ وٕنی کیٚنہ گوو رٕلتھ میلتھ پنٕنی کتھاہ کرٕنی'' لالہٕ صأب ووتھ پننس نچوٗس جان صأبس کُن

''لالہ صأب بہٕ حض اوٚسُس وُچھان ویڈیو، یُس میانی یارن اسلمن اپ لوڈ کوٚرمُت چُھ۔ دپان اوس رات چُھس کتہٕ تام موبایل فون پیومُت۔ جان کوالٹی ہُند فون چُھس اوسمُت۔ پتہٕ اوسُن بیہِ فونہٕ پیٹھ پننس نمبرس فون کوٚرمُت تہٕ تورٕ اوس کُمی تام فون توٗلمُت۔ تمی اوٚسُس وونمُت زِ تس چُھ فیاض ناو تہٕ تمی چھ یہ فون سوموسٹینڈس نش تُلمُت تہٕ سُہ چُھ درامُت انٹرویو دِنہٕ۔ ژٕ یرٕ اوسنس وونمُت فون کرُن تہٕ پتہٕ وٕنبس سُہ کتہٕ سمکھبس۔ تتی دییس فون واپس''

''اِ اتھ منز کیا خاص چُھ یا اسُن لایکھ۔ یم وکانہٕ چھِ دوہے گژھان''

## اراتھن دَب

تہٕ ٹی وی پیٹھٕ اَیِہ خبر ''سرکاری اطلاع مطابق آواز اکھ جنگجو مصدق اطلاع پیٹھ أکِس فوجی کاروأی منز مارنہٕ یِمُت یُس شناخت فیاض احمد ہندی کن کرنہٕ آمُت چھ، ییلہ زن فیاض احمد نیو گھرِ کیو چھُ وون مُت زِ سُہ اوس نہ جنگجو بلکہ پوٚ رمُت لیوٚکھمُت نوجوان تہٕ اوس راتھ گھرِ درامُت انٹرویو دِنہٕ''

خبر بوٗزِتھ روٗدکھو تام چشمو اسلم میٚہ کُن وُچھان تہٕ بہٕ تس کُن۔



میٚہ ووونُس ''لالہ صائب اسُن آم اتھ پٹھ زِ یہ یار میون کوٗتاہ سیوٚد دتہٕ ساد چُھ ۔ یہ چُھ زارٕ پارٕ کران ۔ انعاۄ کتھ کران ۔ لبن وائِس اگر واپس دیُن آسہ ہے تمیٚ آسہ ہے دیتمُت ۔ سوچ آف کیاز تھاوِ ہے ۔ تس چُھ نتیس ژوٗر ژامُت ۔ ووٚنی کتہ ییس فون واپس ۔ یہ چُھ بے قل ۔ اتھ گوٚپرُن انا للہ وانا الیہ راجعون''

دۄیمہ دوہ سمکھیو میٚہ اسلم، سخ پریشان اوس أمی فونن کوٚرمُت ۔ میٚہ دوٚنمس ''بوز ویوٗرک تراوووٚنی تمہ فونچ کتھ ۔ ژٕ پاوۄ وارٕ وارٕ یاد حساب کمِس ہستی کیا چھے تہٕ کوٗشش کر حساب نیٚیہ سرٕ لیکھنچ ۔ بیٚیہ مہ وَن کانسہ زِ ژٕ ے یُس فون رووٗ ے تتھ منز اوسے ژٕ ے سارے کاروبارُک حساب ۔ دیُنی یاہس منز ماچھِ سأری دیانتدار ۔ بددیانت ہتھے بوزن زِ ژٕ ے چُھے نہ حسابے موجود تم تلن امیک ناجأیز فأیدٕ ۔ دانأی گے ووٚنی ژھوٚپہ کرنی ۔ تس ژورس تہِ کیا پوٚرِ ۔ تمِس تہِ چُھ اکِہ نتہٕ اکِہ دوہ حساب دیُن ۔ ژٕ کرا کھ کأم شامس یہ ژٕ میٚہ نِش ۔ تتی کر ویکچا دوشوے کوٗشش چانہِ کارُک حساب لیکھنچ ۔ اتھ چھنہ امہ بغأر بیٚیہ کانُہہ چارٕ ۔ تراووٚنی یم غم ۔ خودأے کرِ احسانے''

شامس آو اسلم سون تہٕ اسہ لوگ تمیٚ سُند حساب لیکھن مگر منزی اوس اسلم واے کرِتھ فون تلن وائِس فیاضس ناوبتھ وہوکڈان ۔ اسہ لأجی چاے چین

## اراٹُن دَب

ٹی وی پیٹھۍ آیہِ خبر ''سرکأری اطلاع مطابق آواز اکھ جنگجو مصدق اطلاع پیٹھ
اَکِس فوجی کاروأیي منز مارنہٕ یُمہِ سُنز شناخت فیاض احمد ہندی کِن کرنہٕ آمژ
چھ، یێلہ زن فیاض احمد نیو گھرِ کیو چھُ وون مُت زِ سُہ اوس نہٕ جنگجو بلکہ پڑ رمُت
لیۆکھمُت نوجوان تہٕ اوس راتھ گھرِ درامُت انٹرویو دِنہٕ''

خبر بوٗزِتھ روٗدکھو تام چشموا سلم میٚہ گُن وُچھان تہٕ بہٕ تِس گُن۔



میٚہ ووونُس ''لالہ صائب اسُن آم اتھ پٹھ زِ یہ یار میون کوٗتاہ سیٚوٗ دتہٕ ساد چھ۔ یہ چھ زارٕ پارٕ کران۔ انعاچ کتھ کران۔ لبن وأرِس اگر واپس دیُن آسہ ہے تٔمی آسہ ہے دیتمُت۔ سوچ آف کیا زِ تھاوِ ہے۔ تس چھ نتیس ژور ژامُت۔ ووٚنی کتہ ییس فون واپس۔ یہ چھ بے قل۔ اتھ گو پرُن انا للہ وانا الیہ راجعون''

دوٚیمہ دوہ سمکھیوٚ میٚہ اسلم، سخ پریشان اوس أمی فونن کوٚر رمُت۔ میٚہ ووٚنمس ''بوز ویورُک ترا ووٚنی تمہ فونچ کتھ۔ ژٕ پاو وارٕ وارٕ یاد حساب کٔمس ہتی کیا چھے تہٕ کوٗشش کر حساب نٔیہ سرٕ لیکھنچ۔ بیٚیہ مہ وَن کأنسہ زِ ژٕ ے یُس فون روٗ دے تتھ منز اوسے ژٕ ے سارے کاروبارُک حساب۔ دینٛی یا ہس منز ما چھِ سأری دیانتدار۔ بد دیانت ہتھے بوزن زِ ژٕ ے چھے نہ حسابے موجود تم ٹُلن امیک ناجائز فأید۔ دانأیی گٔے ووٚنی ژھوٚپہ کرنی۔ تس ژورس تہِ کیا پوٗرِ۔ تٔمس تہِ چھ اکہِ نتہٕ اکہِ دوہ حساب دیُن۔ ژٕ کراکھ کأم شامس یہ ژٕ میٚہ نش۔ تتی کر ویکجا دوشوے کوٗشش چانہِ کارُک حساب لیکھنچ۔ اتھ چھنہ امہ بغأر بیٚیہ کأنٛہہ چارٕ۔ ترا ووٚنی ییم غم۔ خودأے کرِ احسانے''

شامس آو اسلم سون تہٕ اسہ لوگ تٔمی سُند حساب لیکھن مگر منزی اوس اسلم وارے گرِتھ فون ٹُلن وأرِس فیاضس ناو ہیتھ وہو کڈان۔ اسہ لأج چاے چین

کانْہہ گاڈی تِکیازِ شین لوٚگن نا۔ وونہ چھِ میٚہ گاڈِ منٛز اکھ سوآری پۂ۔ ولیو پکیو نیروسُلہ گڈِ وتہٕ پتھ ماچھ کانْہہ بھروسہ، وُنی کنٛہس لگہِ تار"

میٚہ تہٕ زون غنیمت۔ سوٚنٛچم گھڑے چھِ گھڑیال۔ اتھ اَس پزی پأٹھی اکے سیٹ پۂ۔ سو تہٕ پتھ کُن۔ بیگ روٗٹ ڈرآیورن تہٕ تھووٗن چھتس پٮ۪ٹھ۔ بہ کھوٚتُس گاڈِ تہٕ ووٚستن کٔر گاڈی سٹارٹ۔ شیطان نالس تام آسہ سارے سوارِ خوداِیس منگہ منگہ کران زِ تار گوژھ لگُن تہٕ تمہ پتہٕ لاجیکھ پننہِ کتھ کرنہِ۔

سارے سوارِ آسہ اکھ أکس شینس منٛز جوم گرژھنٛچ پننی پننی مجبوٗری ونان۔ دلہِ گرژھن وأرِس پروژھ بیٚہ اکہِ سوارِ "ژٕ ونتہ تُہندِ گامکی ہے درایہ پیتمہ رٕتہٕ پھیر کرنہ ژٕ کیازِ درا کھنہ تمنے ستی"

"تم چھِ گرژھان سأری کلکتہ پھیر کرنہِ تہٕ بہ چھُس دلہِ گرژھان۔ میٚہ چھُ پننُن وخ مقرر۔ تمن چُھ ہنا برونہی پیوان نیرُن"

"اچھا یہ وتم دلہ چھُیا کارٹھیکھے چلان، واریاہو تروونایہ پھیرِ کار۔ بہٕ تہٕ اوسُس نامترِس بھالیس ستی شال کننہِ وندس نبر گرژھان مگر میٚہ آیہ نہ اتھ کارس ستی برابری تہٕ باسیوم اتھ چھُنہ پرون ہیوو بھاوتوے ترووُم پتہٕ نبر گرژھُن"

"نسا بھایا میٚہ چھُے وٕری یک خرچہ نیران یمنے تیٖن رتن۔ بہ چھُسے پٕتم

# شالہٕ وول

وتھ اُس نہ ٹھیک تہٕ پیٹھ اوس وتہِ وتہِ ٹریفک جام۔ اکھ سوٲرۍ ؤژھ ڈرایورس کُن "ووستا۔ اُس کرواتوجوٚم۔ میٚہ ہساچھُ شامس داہ بجے ٹرین، دِلہِ چُھم گژھُن"

"وُ چھانے چھیو، وتہِ ہٕنز حالت تہٕ جام، ووٚنی گوا گر بُتھِ جام اوس نہ اُسی واتو وارِ کارِ ستہِ بجہ تام"

روٗداوس پیوان تہٕ وتہٕ آس نہ پزۍ پاٹھۍ ٹھیک مگر میٚہ اُس مجبوٗری جوم گژھُنۍ۔ ییلہ بہٕ صبحس بانگہ برونہہ ووٚتھس تمہِ وِزِ اوس نیبرِ دوٗ رُے۔ ترٲس تکیازِ چلے کلانکۍ دوہ اُسی مگر میٚہ اُس مجبوٗری توے اوٗسُس سلی پہن ووتھمُت۔ یوتام میٚہ چاے چیہِ نیبرِ لوگُن لوٚت لوٚت شین۔ میٚہ گر جلدی نیرِنچ تِکیازِ وونہِ آسہِ گاڈِ پکان تہ سوچُم اگر زیادٕ شین لاگہِ پتہ گژھ نہ وتھ بند گژھنۍ۔ اتھ جوم وتہِ پیٹھ تہِ ماچھ کانہہ بھروسہ۔ اڈس پیٹھ واتتھ وُچھم نیبرِ کنہ اکھ توٚیرا گاڈۍ کھڑا۔ امیک ڈرایور آو راسے میٚہ نش تہٕ ووٚنم۔ "اتہِ نِکھٕ نیری ووٚنی جوٚم

# گُل کاک

توہیٚہ بوزِوھٕ زِبۆنہٕ گامُک گُل کاک چُھ رحمتِ حق سپد یومُت''
صبح نمازادا گرِتھ ووِن مشیدِ منٛز امام صاٮ۪بن۔

''انا للہ وانا الیہ راجعوٗن۔ رب گرِ ۍ نس مغفرت، توہیٚہ گٔژھوٕ ووِن''
میٚہ پروژھمس۔

''میٚہ ووِن بۆنہ پورچہ مشیدِ ہندی امام صاٮ۪بن فونس پیٹھ، سُہ چھنا
تہندی ڈیریس''

گُل کاک اوس وارا نیک۔ مشیدِ اوس بانگ تہِ پران تہٕ اگر زانٛہہ
پۆرس منٛز گُزرِ ہے قبر کھننٕ تہٕ سران دِہٕچ کاٚم اوس یہوے کران بغیر کُنہ معاوضہ۔

اکِہ دوہ پرژھامس ''گُلہ کاکا میٚہ ونتہٕ اکھ کتھ، وُچھ سارُن چھُ
سارنے اگر کُنہ دوہ ژےٚ ہیوٚ ربۆن آسی، کفن دفن کُس کری''

تورِ ترووُن اُسُن تہٕ ووٗنُن ''خوداٝے سوزِ پانے ملکھ یم قبر تہِ کھنن تہٕ
اوسوٚدِ تہِ کرن''

دپان زِ دوہ برۆنہہ ییلہ خفتن نماز پٔرِتھ مشیدِ نبر دراوا تہِ اوس روٚد
پیوان تہٕ اُمس لٔج ژھٹھ تہٕ پیومُت اوس بیمار۔ ہسپتال اوسکھ نیومُت تہٕ تتی

پانژھ شیہ ؤری ہیتھ أکسہِ علاقس گژھان تتہِ۔ میٚہ چھی خرید ارلگتھ۔ تم آسن میٚہ ازتہِ پراران۔ خدأے کُری نکھ رُت۔ نہ اپزٕ نہ جالسأزی تہٕ نہٕ بے ایمأنی۔۔ تپأری چھِ سیوٚ دتہٕ سادلُکھ بسانٕ یہ ریٹ ونہٕ ہوکھ تی دِوان۔ نہ دردرے نہ کانٛہہ خوشکھتےٕ۔ پونسہ تہٕ اصل پأٹھی وقتس پیٹھ دِوان۔ تمن چُھس بہ گھرِ کُے بأژ باسان۔ییٚلہ تہ کُنہ گھرس اژٕ کھٔنہ چینہ بغأرنیرٕ نہٕ۔ تمن چھے میٚہ پیٹھ سخ بھروسہ۔ میٚہ بغأرچھی نہ کأنسہ مال ہیوان۔ تتہِ چھِ کأشرِن شالن سخ منگ امیک چُھ تمن شوق تہٕ توے چھِ میٚہ آسان پراران۔ سخ قدر چھی میٚہ کران۔ مایہ بَرتھ لُکھ۔ تِتھے بہ توروا تان چُھس سأری چھِ یِوان تہٕ ونان کشمیری شال والا بھائی آیا۔اب اچھا اصلی کشمیری شال ملے گا۔ زن چُھ تمن نووژ ندر کھسان۔ ونے کیا کم لُکھ"

"اچھا میٚہ ونتہٕ ژٕ مال چُھکھا برونہی سوزان"

"آہن ساتی بوزتہٕ۔ خبرے چھے مال ہسا دلہ ٹُلان۔ امرتسر شال وأرِلس لش بیٚیہ کیا"

میٚہ دِژ شالہ وأرِلس کُن نظر تہ زن گوم أندری دم۔



# زنانہ موٚت

''میہ حض آو گھرِ فون۔مجبوری رژھا چھم سُلہ نیرنچ۔کلاس تہ حض دیتم ساری۔ونہ چھم ویکینٹ پیرڈ۔"رخسانہ میڈیمہ وون میہ کن۔

''اگر زیادہ مجبوری چھہ، نیرو مگر صبحس ییہ زیو ٹائمس پیٹھ۔تکیاز بہ چھس وقتکھ تہ ڈسپلنک سخ پابند۔توہہ آسہ تہ بوزمت" میہ وونمس یورِ۔

''اہن حض۔خبرے چھ۔تو یہ نخض آسہ کانہہ شکایت میأنی۔تُہی کرتو پتمس ہیڈ ماسٹر صائبس نش مولوٗم۔بہ چھس ہمیشہ وقتچ پابند روٗزمژ تہ بچہ پرناون چھم نہ ڈیوٹی یوت بلکہ عبادت زانمژ۔۔۔۔تیلہ چھا حض میہ اجازت۔" یہ ونتھ ترٲوٲے امین صائبس کن نظریُس میأنسے آفسس منز بہتھ اوس۔امہ پتہ ووتھ امین صأب میہٚ کُن" یہ حض ہیکہ نہ کنُہ زٲنی گھرہ گڑتھ۔ اگر تُہی وَنیو بہ گڑھس ستی۔بہ تہ چھس موکلے ،میہٚ تہ چھُنہ ووٚنی کانہہ کلاس۔تہ ترٛہ تہِ بجایہِ ووٚنی"

چُھ گُزریومُت ۔ چاے چیتھ دراس بہ بۆ نہ پۄرٕ گُل کاکس جنازٕ پرنہ ۔ یہ اوسُم مولوٗم زِ جنازس لگہ ہنا ژیر تکیازِ دُرس علاقکۍ لُکھ اَس یِوان ۔ ییلہ بہ اورووتُس اتہِ اوس نہ کہنۍ ۔ اما دلیل کیا؟ تجہیز و تکفین ما چُھ سپد یومُت تہٕ میہ ما گۄو وژیر ۔ بہ اوسُس یی سونچان زِ اورٕ وُچھم پنُن امام صأب یِوان ۔ اَمس اوس اَچھن منز اوٗش ۔

''امام صأب تو ہیہ کیازِ گرٕ وجلدی، ہنا پارۍ زِ ہیو''

''کتھ ھض پرارٕ ہو ۔ اسہ نخض وُچھ تمس بُتھ تہِ ، قبرتہِ ڈِژ کھنہ کھننہٕ جنازٕ پرٕنچ چھنہٕ کتھے''

''مگر کیازِ؟''

''دپان ھض مُرِتھ کۆ رہیس ٹیسٹ تہٕ سُہ دراو کرونا پازیٹیو ۔ میت اَنِکھ تورے وٕلِتھ ۔ میتس ستۍ اَس تورے پأنژ شیہ نفر سفید پوشاک لأگِتھ ۔ بُتھ تہِ اوسُکھ نہ نۆن ۔ زنتہ آسمان ملکھ اَس ۔ پانے کھنکھ قبرتہٕ دفنأوکھ ۔ جنازٕ تہِ پۆرُس تمہٕ وے ۔ کأنسہِ ہووُکھنہ بُتھ تہٕ نہ دِتکھ تس اتھ لاگنہ''

امام صأب اوس امہ پتہ تہ کینژتام ونان مگر میہ اَس گُل کاکنۍ کتھ کنن منز گریزان ''خدأے سوزِ پانے ملکھ یم میأنۍ قبرتہِ کھنن تہٕ اوسوٗدِ تہِ کرن''



"یے چھُ تیلہ بدعت۔ یُژھ بلاۓ چھا گامس منز زِ ناوان۔ اتھ
گوژھ نا کینہہ تدوُرک کرُن۔ اگرے کُنہِ وِزِ کانہہ وو پر زنان یور ییہ تہ یہ پیٚیس
بوٚتھِ سوے گژھِ پھرٕ ٹھ۔" میہ وونمس یورِ
"نخض ۔۔ سہ کتھ چھنہ۔ یہ چھ پرٛپاٹھی زنانن پتہ پتہ لاران مگر ییٚلہ
کانہہ زنان پوٚت پھرِتھ واپس روب کران چھس، یہ چھ پانے ژلان۔ ونہ
گوسائنی رخسانہ جی چھِ ہنا کھوژ بڈ تہ بزدل۔۔۔" امین صابن وون اورِ۔
ژورِ بجہ سکول چھٹی گژھنہ وِزِ دراو سوری سٹاف یکجا۔ ہنا برونہہ پکتھ
ووتھ امین صاب مہ کُن "ہور کُن دیوھض نظر۔ ہو کے چھنا وانہ پنجہ تھرہ پیٹھ
فرن جندہ لاگتھ جندہ مس کرٕ تھ لڑکہ، یہوے ھض گوز نانہٕ موٚت۔"
اُمس آس نہ اسہ کُن نظر مگر میہ وچھ پوٚرٕ پاٹھی۔
امہ پتہ وچھ میہ واریاہے لٹہ یہ زنانہ موت مگر زانہہ آو نہ میٚہ برۆنہہ
کُن۔ اکہ دوہ اوسس بہ ڈیرس کُن پکان تہ اتھس منز آسم کیلہٕ۔ میٚہ باسایو یہ
ے کُن وچھان۔ مہ کوٚرُس اشارٕ ستی آلو تہ یہ آو میٚہ نکھ۔ شاید اُسس بوچھ
ِلجمژ۔ میہ دیژُس کیلہ جورا۔ وُنہ آسہ اُمس یم اتھس منز رٹنےٓ اُمی وُچھ کوٚ ستام
زنان کوچہ منز نیران۔ اُمی ترایہِ کیلہ اتھے تہ دور یوا اُمس زنانہِ پتہ۔
کینٛہہ دوہ گژھتھ ییلہ بہ سکوٗلہ دراس میٚہ وُچھ استان آنگنس منز

امین صائب اُسی اتھ سکولس منز سارو ے کھوتہ زیٹھ تہٕ سینئر ماسٹر تہ ساری اُسس عزت کران توے ہیوکس نہ میہ تہٕ انکار کرِتھ تہ نہ یہ پرژتھ ز رخسانہ جی کیازہیکہ نہ کُنی زٔنی گھرہ گرٕژتھ۔

میہ اُسی اتھ سکولس منز وُنہ پانژ شےٚ دوہے گمتی ۔ ماسٹر گریڈس نے پروموشن آسہ ہم گمژ یؤت دؤر ماہ سوز ہنم مڈل سکولس ہیڈ ماسٹر۔ سفارش تہ ماہ اُسم نتہ یتھ وآنسہ منز گھر بار شر باژ ترأوتھ کتہ آسہ ہایؤتاہ دؤر۔ اتھ چھنا ونان نوکری گے پست از گدائی بیہ آبہ دانن ہنز کشش۔

دویمہ دوہ پرؤژھ مہ امین صائبس "رخسانہ جی اوسا راتھ خیرے تکیاز توہہ وونوہ ناز سہ ہیکنہ کُنی زٔنی گھرہ گرٕژتھ۔ دلیل کیاہ اُس۔ مہ زن تو رنہ فکرہ" میہ اوس یہ راتہ پیٹھ کانہٕ تل۔

"دلیل نحض خاص کینہہ۔ توہے چھیو ناونہ یتھ علاقس منز ئوی ۔ یتہٕ حض چھ اکھ پاگل لڑکہ وتہ وتہ پھیران آسان، تس کیا حض پراہ زنانن پتہ لارنگ ۔ گأنف چھُن تھوومت گامہ چین زنانن نیبر نیرنس ۔ سہ چھہ کوٚل تہ تہ زؤرتہٕ ۔ یتھ گامس منز ووتس واریاہ کال۔ خبر کو ہُند چھ تہٕ کتیُک چُھ ۔ دے دوہس چھہ پھیران تہ شامس واتان آستان ۔ تتے چھس کانہہ بتہ مونڈہ یا تاہرِ پھولاہ انان تہ راتس تہ چھہ تتے روزان ۔" امین صائبن وون۔

انسان۔ کینژ ونفروتل یہ کھونہ تہ نیوکھ ہسپتال۔

ڈیرس پیٹھ واتتھ آے نہ میٚہ اتھ وتھے۔ دلی لوگم نہ کونہ کُن میٚہ اُس برونہہ کنہ زنانہ متی سنز شکل یِوان۔ بتہ تہ رونم نہ تہ چاۓ کیہ چیتھ شوٗنگس۔

صبحس چاۓ چتھ کورم امین صابس فون یُس میائنس ڈیرس نزدیکی روزان اوس تہ وونمس یورین تاکہ دوشوے گژھو ہسپتال زنانہ متس خبرِ۔ تُمی تہ دژِ ژنہٕ تاری تہ آو۔ تہ میہ وونس۔

"امین صاب۔ پوزے بوزکھ راتھ زنانہ متی سنز حالتھ وچھتھ ہسا پھیورے میٚہ تمی سُند سنح۔ مہ آئے نہ راتس ہندرے۔ آخر آسہ کانسہ مالس ماجہ ہند گوبر۔ خودالیس کیا جواب دیمو تتہ۔۔ اسہ پزِ ناوچھن امس ماچھہ دوہچ یا بیہ کونچ ضرورت۔۔۔۔"

ہسپتال اُس اسہ برونہے کینہہ گامہ وٲلی واتمتی تہ ٹوکجہِ کرتھ کینہہ تام کتھ کران۔ اتہ بوزِ زنانہ موت چھہ صبحس بانگہ وزِ رحمت حق سپد یومت۔

"یہ چھنا لاوارث۔۔اسہ پزِ میت گامسے منز استانہ مرغزارس منز دفناونی" اکھ گامہ وول اوس ونان۔ امی ساتہ کڈکھ زنانہ متی سنز میت ہسپتال آنگنس منز تہ ہسپتالس منز بیمارن ٚستی آمتی تیماردار، خدمتگار تہ خبر ہنہ والی وارہ لوکھ گےمیتس اندی اندی جمع تہ اتھ منز دِژا اکھ شخصن کریکھ۔" یہ ہسا اوس کول تہ

وارياہ لوٗکھ جمع گائمتی۔

"اما خیرے چھا"۔ میہ پرٛژھ اُکس وانہ وألِس۔

" زنانہ موٚت تہٕ بیہ کیاہ۔ دپان حض ازووت اُمس برابراکھ ریتھ لسہ میرنہ نوٗنوشہِ تنگ کران۔ تمس حض گے ووہِ زبے ریتھ خاندرس۔ یوٚت سہٕ نیران چھِ یہ چھس پتے دوران۔ پیٹھ چھناسہ ونہ یتھ گامس منزنوٗے۔ دپان ازاوس تس بھوے آمُت نادس، مالن اُوٗسس گرٕ ھن۔ ییٚلہِ سہ بھأیس ئتی بُرٕ نیبر دراے، زنانہ مُتِس چھہ نظر پیمٕژ، یہ چھہ دوریومت پتے تہ چھن تس ہیرٕ س تھپ دِژمٕژ۔ تس اوس نا بھوے ئتی، تم چھس تراُمٕژ دودرٕ چپاتھ تہٕ چھےٚ نس لتہ مونڈ کرٕ تھ شلکھ کوٚرمت۔ زنانہ موت چھہ اُچھ وٹھ ژولمت تہ ژلان ژلان چھس آستان آنگنہ کس نیبرمس بجلی پولس ئتی کلہ آمت ٹھاسنہ تہ چھہ اتھے پیومت پتھر۔ توے حض چھے اتہ لوٗکھ جمع۔ ونہ نی نس ہسپتال"۔ وانہ وألی وون اورٕ۔

"اکھتُے حض اوس لسہٕ میرنہٕ نوشہِ ہُند بوے ونان زِ زنانہٕ مُتی اُس تٔمی ہنزِ بینہِ سونہٕ ہندِس کڈس تھپھ دِژمٕژ"

بہ گوس ہنا نزدیک تہ وچھم زنانہ متس کنوکن خون پٹھان تہ منگہِ نشہ تہ زخم۔ اُچھ آسس بندمگر اوش اوسس وسان۔ یہ وچھتھ ژھین میہ وانج اُخر تہٕ

# گُلہٕ فقرائنہٕ

''بوزِ نسیمے۔ ژٕ ے ونتے ژٕ ے کِتیاہ لٹہ وُچھتن یہ سکوٗٹرس پٹھ یِوان، نا ے دوہ ے دوہ ے کیا کاٗم اٗمِس یِیتہٕ۔ یہ تہٕ بیٚیہٕ گامُک میلہ داہ مٕرا سہٕ نش دوٗر۔ اٗمسے وارٕ کارٕ گھرٕ بارٕ تہٕ شُری چھِ۔ یپاٗری کم پھیرٕ چھس۔ میٚیہ وُچھ یہ دوہ ے شام وقتس ییٚلہ لُکھ نماز پرنہ مشیدِ اژان، سکوٗٹرس پٹھ یِوان، سکوٗٹر تھاوان میلس دوٗر کدلہٕ اپارٕ تہٕ پتہ وو کھلی یِوان۔۔۔۔۔۔''

''اہانہٕ راجے۔ میٚیہ تہِ ہا ے وُچھے یہ ماسٹر جی واریاہ لٹہ یپاٗری۔ میٚیہ تہِ نا ے چھ فکرِ تران۔ اٗمِس کیا کاٗم یمن گُلہٕ فقیرن ستۍ۔ اتہِ چھنا ے ہوٚمہٕ طرفہٕ بونہِ نش گُلہٕ فقیرن ہنزٕ پارِ۔ اتی چھِ اکھ پاٗر تِمِس گُلہٕ فقیرٕ بھایہ۔ کیا چھ تس ناو۔۔۔ آریشماٗیہ ہنزٕ تہِ۔ یہ وُچھے میٚیہ توٗری گرِھان۔ دپان تس چھ روٗن موٗدمُت۔ ووٗنی چھس بِکہٕ زٕ تہٕ بڈٕ مول ستۍ۔ سُہ ہا ے چھُ واریاہن گھرن

زور۔مہ چھہ وچھمت یہ۔ یہ اوس أکس دون ورین سانہ گامہ تہ آسان پھیران
تہ تمن دوہن اوس امس فوٹو لاگتھ چندِ ورق آسان نائلی ۔مگر تتھ اوس نہ ہاوان
کانسہ تہ نہ اوس دوان اتھ لاگنہ۔ پتہ گو پتمہ وری یہ پیٹھ غائب تتہِ۔

میت واتہ ناوکھ آستان آنگنس منز تہ غسل دنچ کرکھ تیاری۔۔ییلہ امس
پلو کڈٔکھ اندر پلو ومنز دراو چندِ ورُق یتھ فوٹو لاٗ ِگتھ اوس۔کستام پے اتھ پیٹھ
نظر تہ دژن کرکھ "یہ ہازن لسہ میرن نوش"۔



# گُلہٕ فقرٲنۍ

''بوزِ نسیمہ۔ ژٕرے ونتے ژٕرے کِتیا ہہ لٹہٕ وُچھتن یہ سکوٗٹرس پیٹھ یِوان، نارے دوہے دوہے کیا کٲم اَمِس یِیتہٕ۔ یہ تہٕ بیٖیہٕ گامُک میلہ داہ مراسہٕ نش دوٗر۔ اَمِسےٕ وارٕ کارٕ گھرٕ بارتہٕ شُری چھِ۔ بیپاری کم پھیرٕ چھِس۔ میٖہ وُچھ یہ دوہے شام وقتس یِیلہ لُکھ نماز پرنہ مشیدِ اژان، سکوٗٹرس پیٹھ یِوان، سکوٗٹر [illegible] تھاوان میلس دوٗر کدلہٕ اپارِ تہٕ پتہٕ ووکھلی یِوان۔۔۔۔۔۔''

''اہانہِ راجے۔ میٖہ تہِ ہارے وُچھے یہ ماسٹر جی وارِیاہ لٹہٕ [illegible] تہِ نارے چھُ فکرِ تران۔ اَمِس کیا کٲم یِمن گُلہٕ فقیٖرن ہنٛز۔ [illegible] طرفہٕ بونہِ نش گُلہٕ فقیٖرن ہنٛزٕ پارِ۔ اتی چھِ اکھ پٲرتمِس [illegible] ناو۔۔۔ آریشما یہ ہنٛز تہِ۔ یہ وُچھے میٖہ توٗرٕ گوژھان [illegible] موٗدمُت۔ ووٗنی چھس نِکہٕ زٕ تہٕ بُڈٕ مول ہنٛز۔ [illegible]

زور۔ مہ چھہِ وچھمت یہ۔ یہ اوس أکس دون ورین سانہ گامہ تہٕ آسان پھیران تہٕ تمن دوہن اوس امس فوٹو لاگتھ چندِ ورق آسان نٲلی۔ مگر تتھ اوس نہ ہاوان کانسہ تہٕ نہ اوس دوان اتھ لاگنہٕ۔ پتہٕ گو پتمہ وری یہ پیٹھہٕ غٲبی تتہِ۔

میت واتہٕ ناوکھ آستان آنگنس منز تہٕ غسل دنچ کرکھ تیاری۔ ییٚلہ امس پلو کڈٕ کھ اندر پلو منز دراو چندِ ورُق یتھ فوٹو لٲگتھ اوس۔ کستام پے اتھ پیٹھ نظر تہٕ دژن کرکھ "یہ ہازن لسہ میرن نوش"۔



کتھ مگر راجہ کتہِ مانہِ ہبس سو گے نہ ہار مانن واجتی۔

''بوزِ نسیمے۔ اکھ کتھ ونے۔ بہ چھس نہ تمن لُکن منز یم وُچھتھ اوٗن تہٕ بوٗزتھ زوٗر لاگان چھِ۔ بہ چھس نہ کانٛسی کھوژان۔ ژٕ وونُے میٛہ بہٕ ہاوے ثبوٗت۔ پتہٕ تہِ مانکھ نا؟۔ بیٚیہِ بوزا اکھ کتھ۔ یہ واظ پرُن تراو۔ میٛہ چھِ یم واظ واریاہ بوٗزمتی۔ ژٕ چھکھ میٛہ وبسی توے چھسے ونان۔ مہ آس سارنے پٮ۪ٹھ بھروسہ کران۔ وُچھ پگاہ پانے۔۔۔''

دوٕیمہ دوہ گے دوشوے راجہ تہٕ نسیمہ گُلہ فقیرن ہنزِ بستی کُن تہٕ روٗدی زاگہِ۔ ریشما یہ ہندِس ڈیرس نکھہٕ۔ یُتھ اتھ پٮ۪ٹھ نظر روز کھ۔

''وُچھِ نسیمے پننوٕ اَچھو پتہ ماچھکھ پزٕھ کران۔ آوٗ ے یہ ماسٹر جی ژورِ ژورِ۔ ڈیرس کُن۔ اَمِس ما گڑھ ِ کانٛہہ وُچھن۔ وچھی ووٗنی یپاٗری۔ یہِ ہے ژاو اندر۔ پکہ بروٗ نہہ پہن۔ یٚیمہِ لیٚیہِ منزی وُچھو سوُرے حال'' راجن گرٕ نسیمس اتھس تھپھ تہٕ لگٕ لگی ژوٗرِ ژوٗرِ وُچھنہِ۔

سلاما گرتھ ژاو ماسٹر اندر تہٕ اتھس منز ٹھیلہ کوٚرُن ریشما یہ حوالہ تہٕ وونُس ''یتھ منز چھُ بابس کیٛت دوا۔ صبحن تہٕ شامن دیزِ ہوس بتس پٮ۪ٹھ۔ رب گرُبس شِفا۔ بیٚیہ چھِ یم کاپی تہٕ پینسل۔ دوشوے شُری ترٕ آوزیکھ پگاہ سکوٗل۔ کتابہ دِنکھ تہٕ مُفت، میٛہ وونُے پننِن گھرِ کِن میانٛی خاندارنٕی ہیٚچھِ ناوی پلو

گھرِ کاٗم تہٕ کرنہ گرٛھان۔ خبر ژٕ زانہِ ہن'' نسیمن وون راجس کُن۔

''میٚہ ہے چُھ پےٚ، بہ زانن۔ مگرا کھ کتھ ہےٚ ؤنے تُمس ہے چھےٚ شکلہِ بلاے۔ نارٕ ووزمل ہش۔ پیٹھٕ چھِس نخرٕ۔ جوان تہٕ چھِ۔ ماسٹر جی تہٕ چُھنہ کم کیٚنٛہہ۔ جوان ہٹہ کٹہ۔ آسیکھ پانہ وأنی کیٚنٛہہ برابری'' راجن وونُس واپس

''ویسے کیاونو۔ یتھ گٔژ چُھ ماسٹر جی باسان شریف۔ بُتھِس پیٹھ چُھس شۆبہ وُن ریش۔ پتہٕ زانہِ خدا'' نسیمہؔ ؤژھ راجسؔ کُن

''مہ آس گرٛھان بُتھس کُن۔ یمن داڈلن تہٕ چھِ آسان کھوٚڑ پیچہٕ۔ میٚہ ہے چُھ سورُے تران فکرِ۔ بہ چُھس ستن ناگن آمٕژ تریش چیتھ۔ میٚہ ونیا کانٛہہ شیٚہ تہٕ ترےنو۔ بہٕ کڈٕ اتھ اُلی وانگُن نوّن۔ میٚہ چھِ ونان راجہ خبری۔ ژٕ گرٛھکھ پننو اُچھو وُچھنۍ۔ پتہٕ ونکھ پانے۔ پۆ زاوسا کنہ اپزٕ۔ یم شریف لگھ ہے چھ گبہ بُتھِ رامہٕ ہوٗنی آسان'' راجنؔ وون خشمہ سان

''میٚہ نامے وونُے یہ چُھ اپزٕ۔ وونی گوہنگہ منگہ کأنسہِ ہانژھ لاگٔز چُھنا گُنا۔ بیٚیہ داڈِ گُس خطا کھوّت۔ ریش تھاوُن گو جان۔ اسہ پزٕ نہ ریشس متعلق کیٚنٛہہ غلط وُنُن۔ نیتن ہُند ماٗلک چُھ خوداٗے۔ ژھنٛکھ بلاے۔ کربدل کانٛہہ کتھا۔ یتہٕ کیا کرن تہٕ چھکھ پننہٕ قبرِ پانے جواب دیُن'' نسیمنؔ ڈاجاٗے

# ایوارڈ

کانفرنس ہال اوس ادیبو، شاعرو، لیکھاریو ستی بَرِتھ تہٕ ڈائیس پٹھ اُس سرکاری ادبی تنظیمہ ہُندی زِٹھ افسر تہٕ اکھ زبہلہ پایہ لیکھارٕ۔

''خواتین وحضرات، معزز لیکھاریو تہٕ ڈائیس پٹھ بہتھ پڑھیو۔ بہ چُھس تو ہیہ پننہ ادارہ طرفہٕ ژِ واُنجہ خوش آوے کران۔ یتھ کنہ تو ہیہ خبر چھیو زِ اَزِچ تقریب چھِ مشہور تہٕ معروف بہلہ پایہ ادیب محترم تابانؔ صابنس اعزازس منز منعقد سپدان یمن یو ہوسکھ سارو ے کھوتہٕ بوٚڈ ادبی ایوارڈ دِنگ فأصلہ آمُت چُھ کرنہ۔ تابانؔ صابن لیس کأم ادبکہِ پوچھرٕ خاطرٕ کرمژ چھِ سو چھنہ کھٹتھ۔ تمیک اعتراف چھ یہ ایوارڈ تہٕ اَزِچ تقریب۔ گویا ازیک مہرازٕ چُھ تابان صأب۔ بہ چُھس تمن گوش گزار کران زِ تم انن ڈائیس پٹھ تشریف تہٕ سنبھالن پننٕ کرسی۔'' تقریبہ ہُندی نأظمن وون۔ سورُے ہال تہٕ ڈائیس

سوونی ۔ پگاہ پیٹھٕ آسکھ سون یِوان دوہلہ اَکِس دۄن گھنٹن ۔ تتہ ہیچھکھ وارِ وارِ تہٕ سُہ تھاوی کینہہ اُجرت تہِ ۔ اسہ چُھنا گھرِی بوٗٹیک ۔ پلوسوونک وان، وونی چھِ بابس چاۓنس تہِ فرقے ۔ پگہ ہے پیٹھٕ چُھس بہٕ تہِ کینژن دوہن آوٗرلہٰذا تھاوی زلیس پانے خیال"

ریشما اُس ایستادٕ کموتام عارِ برژو چشمو وُچھان ۔ سہ وٗ ژ مسٹر جییس کُن ''نہ ھض ماسٹر جی ۔ اَسی کتہِ والہِ ہووتو ہیہ یہ نکھٕ''

''کرٕ ژھوپہ ۔ یہ چھنہٕ ونانِ ۔ چون خاوند اوس دٔہن وری ین سائنس باغس منز ۔ میأنی مأنی چھنہٕ زانہہ تِمس تہٕ میٚہ الگ الگ نظر کرٕمژ ۔ وونی گوٚکرس نہ زندگی یاوری ۔ ربہ سُند فأصلہ ۔ ژےٚ اسہِ بہنہ چھکھ ۔ خودأے دی نے صبر ۔ بیہہ خودالیس حوالہ'' یہ وٗ نتھ دراو ماسٹر جی واپس ۔

راجہ تہٕ نسیمہ زن گٔے دم پھٹے ۔



## اراٹن دَب

لیکھنس اوس نہ ہوٚٹ گُنہ نہٕ لوٚٹ۔ شٲنِس منز تابان صأبن یُن باسیوو اسد صأبس عجیبے توے پرو ژھنس سہ کتہ یتھ شٲنِس منز یورلوٚ گمُت۔

"توٚہی نش حض چھس آمُت۔ یہ دِتُم ادبی ادارٕ والوٚ توہیہ کیُت لفافہ۔ اکھتُے وُ نہ ہیٚم تو ہیہ وٕنُن اتھ جلدی یتھ جواب لیکھُن" تابان صأب وۄتھس اورٕ۔

"اِدا اژھ اندر نبر ےٚ ترچھِ" اسد صأبن ژون تابان صأب اندر پھِراہ بہتھ کوٚڈ تابان صأبن لفافہ تہ دِتُن اسد صأبس۔ تٔمی وونُس تھاو ہوٚ رُن طاقچس پٮ۪ٹھ۔ پتہ دمہٕ ہوس نظر۔

نیبر نیران ووتھ تابان صأب گُلی زِ گنڈِتھ اسد صأبس کُن "وونی حض تھأوزبو میون خیال۔ تُہند لیکھنہٕ ستی حض گرژھِ مٮ۪ہ مددتہٕ عزت افزأی۔ ویسے حض چُھ تمو مٮ۪ہ ستی کتھ کرمٕژ وونی گوو تُہند تہِ گرژھِ لیکھتھ آسُن"

یہ بوزِتھ گو اسد صأب ترہن تہٕ ترو ہن منز، تہٕ ووٚنُن تابان صأبس "ٹھہر سا اکھ منٹ۔ ان یہ لفافہ یوری۔ امہٕ منزٕ کڈُن چھٹؠ۔ یوس سرکأری ادبی ادارن اتھ منز اٚس تھٲوِمٕژ۔ اتھ منز اوس اسد صأبس وننہ آمُت زِ ادارٕکس ییمہ وٕری یہ کِس سارووے کھوتہ بڈس ایوارڈس خأطرٕ کرنی تم کأنسہ لیکھأری سُند ناو تجویز۔ وونی گوٚو چھٹِہ تہٕ لفافس پٮ۪ٹھ کنہ اوس لیکھتھ

پتھ بہتھ مہمان وٗتھی تھُد تہٕ ژرِ پوٚپ کرِتھ کورُکھ تابان صأبس استقبال۔ امہ پتہٕ آیہ تابان صأبس اکھ سند تہٕ اکھ شال دِنہٕ۔

امہِ پتہ آو مایکہ پتھ بیہٕ نأظم تہٕ دِژن وارِ وارِ واریاہن لیکھارین تابان صأبس متلق کینہہ وننچ دعوت۔ تہٕ یمو بولن والیو ونی اکے کتھ زِ تابانؔ صأب اگرچہ زیادٕ نوٚن اوس نہ مگر أمی سنزٕ ادبی خدماتن آیہ حوصلہ افزأیی کرنہ تہٕ تمہ وے کامیوٕ ستی درایہ ازیم نٔژ۔ تابان صأب چھُ بہلہ پایک لیکھارِ یُس پزی پأٹھی امہ ایوارڈُک حقدار چھُ۔

أتھی منز بُلوٗک ہالس منز بہتھ اسد صأب تہٕ مگر سُہ ووتھ نہ پننہِ جایہ پتھ تھوٚد بلکہ اوس تابانؔ صأبس تھلہ تھلہ وُچھان۔۔۔ مگر تابانؔ صأب، سُہ اوس نہ أمِس کُن نظر تُلان۔

اسد صأبس اوس سُہ دوہ یاد ییلہ تابان صأب پرُس وندس منز تمی سُند گرٕ آیاو۔۔۔

نیبر اوس شین تہٕ برس کوٚر کمی تام ٹھُکھ ٹھُکھ۔ پاور تہِ اوس نہ تہٕ نتہ ما کرِ ہا بیل۔ ییلہ اسد صأب نیبر دراو تہِ ووچھن تابان صأب۔ یہ اوس وہری شیٚیہ رتی یوانے اسد صأبس نِش۔ منزٕ ہیرٕ ان کینہہ تام لیکھن تہِ مگر اسد صأبس ییلہ ہووُن۔ تمی دوٗپُس تام گو پرُن باقی لیکھارین ہُند۔ تکیاز، تابانؔ صأبنس

## گُنبر

رات واٚ ژیور ساٗری چھِ مرِٕ ہند رِشوٚ نگتھ۔ گُنہ چُھنہ نہ کانٛہہ کتھ تہٕ نہ کانٛہہ صدا۔ اراتُن دب چُھ۔ ہوٗنی ٹوٚنگ تہِ چھنہ کنِن گرٕ ھان مگر میٚہ۔۔۔

میٚہ چھِ ہند رے راٗ وٕمرٕ۔ ییٚتِس بڑِس مکانس منٛز کُن زُن۔ زن روومُت۔

"ہاے میانہ خودایہ، سورُے سوٗزتھم۔ بنگلہ تہِ گاڈٕ تہِ پونسہ، زمین جایداد تہِ۔ ژٕے کیا سوٗزُتھ نہ میٚہ۔ عیال تہِ اولاد تہِ مگر سورُے سوٗزِتھ تہِ تھوو تھس کُنے۔ میٚہ آو صرف حاٗصل گُنبر۔"

بہٕ اوسُس پانسہٕ ستی کتھٕ کران۔ گھرِ تہِ اوس نہ کانٛہہ۔ تم اُس چکرس گاٗمتی سُہ تہِ ہفتس پیٹھ۔ میٚہ اوس ووٗنی کُن روزٕ نُکھ عادت گومُت تکیازِ اکثر بیشتر اُس تم گھرِ نیبر ے آسان تہٕ بہٕ اوسُس گھری روزان۔ گُنبر اوس میٚہ

## اراتُن دَب

### CONFIDENTIAL۔۔۔اسد صأبس توٗ رسوٗرے فکرِ

تابان صأبس برۄ نہہ کنہ تُلُن قلم تہٕ اتھ چھیٹھِ پتہٕ کنہ لیوٗکھن تابان صأبُن ناو تہٕ گرن یہ چھٹؠ تابان صأبس حوالہ یہ وٕنتھ زِ لفافہ بنأوِی زبس گرِ پانے تہٕ ترأوِی زن دفتر۔

نأظم تقریب چھُ اسد صأبُن ناو ہیوان تہٕ ہیوان

أخرس ووتھ اسد صأب تھُد، اسُنا ترووُن تہٕ دراو ہالہ مٔژ نبر۔



# گنبر

رات وٲژ یور ساری پٔھہِ مرٕ ہند رشونگتھ۔ گہ پھٕرہ نہ کانٛہہ کتھ تہٕ نہ
کانٛہہ صدا۔ اراٹھن دب پٕھٹھ۔ ہوٗنۍ تۆنگ تہٕ پھٕرہ کٔنی گرٕوھان مگر مینہہ۔۔۔
مینہ پچھہِ ہند رے راٗدٕہرٕ۔ بیٹھنس بڑس مرکانس منٛزٕ گن ژٕن۔ زن رودمُت۔

"ہاے میانہ خودایہ، سوزٕ سوزٕ ہتم۔ بنگلہ تہٕ گاڈ تہٕ پوٗنسہ، زمین
جایداد تہٕ۔ ژٕے کیا سوزٕ تھٕو نہ مینہ۔ عیال تہٕ اولاد تہٕ مگر سوزٕ سوزٕ تھٕو تہٕ
تھوٗو تھس گٔنے۔ مینہ آو صرف حاصل گنبر۔"

بہٕ اوسُس پانسے بتٕ کتھ کران۔ گھر تہٕ اوس نہ کانٛہہ۔ تم اُس پھکرس
گامتی سہ تہٕ ہفتس پٹھ۔ مینہ اوس وونۍ گن روزن کٕھ عادت گومُت تلہاز اکھ
بیشتر اُس تم گھرِ نیبرٕ آسان تہٕ بہ اوسُس گھری روزان۔ گھر اوس مینہ

CONFIDENTIAL۔۔۔اسد صأبس تہٕ رسوٗرے فکر

تابان صأبس بروٗنہہ کنہ تٕمِس قلم تہٕ اتھ چھیٚٹھ پتہ کنہ لیوٗکھن تابان صأبن ناوٕ تہٕ کُرن یہ چھٕٹ تابان صأبس حوالہ یہ وٕنتھ زِ لفافہ بناوٕو زبس گرٕ پانے تہٕ تراٗوٕو زن دفتر۔

ناظمِ تقریب چھُ اسد صأبُن ناو ہیوان تہٕ ہیوان

آخرس ووتھ اسد صاب تھُد، اُسنا ترووُن تہٕ دراو ہالہ منٛز نیٚبر۔

☆☆

# گُنبر

رات وأ ژیور ساأری چھِ مُڑ ہِند رِشوٗنگتھ ۔ کُنہ چُھنہ نہ کانٛہہ کتھ تہٕ نہ کانٛہہ صدا ۔ اراٹُن دب چُھ ۔ ہوٚنی ٹوٗنگ تہِ چھنہ کُنن گرٕ ھان مگر مےٚ ۔۔۔ مےٚ چھِ ہِند رے رأ وِمڑ ۔ یٖیٚتِس بڈِس مکانس منٛز کُن زُن ۔ زن رووُمت ۔

"ہاے میانہ خودایہ ، سورُے سوٗزتھم ۔ بنگلہ تہِ گاڑ تہِ پونسہ ، زمین جایداد تہِ ۔ ژے کیا سوٗزتھ نہ مےٚ ۔ عیال تہِ اولاد تہِ مگر سورُے سوٗزِتھ تہِ تھووتھس کُنے ۔ مےٚ آو صرف حاصل گُنبر ۔"

بہٕ اوٗسس پانسےٕ ستی کتھ کران ۔ گھرِ تہِ اوس نہ کانٛہہ ۔ تم اُس چکرس گامتی سُہ تہِ ہفتس پٮ۪ٹھ ۔ مےٚ اوس وونی کُن روزٕ نُکھ عادت گومُت تکیازِ اکثر بیشتر اُس تم گھرِ نیبرے آسان تہٕ بہٕ اوٗسس گھری روزان ۔ گُنبر اوس مےٚ

## CONFIDENTIAL---اسد صأبس توٚ رسوٗرے فکرِ

تابان صأبس برۆ نہہ کنہ تُلُن قلم تہٕ اتھ چھیٹھِ پتہ کنہ لیوٗکھن تابان صأبُن ناو تہٕ کٔرن یہ چھٹ تابان صأبس حوالہ یہ وٕنتھ زِ لفافہ بنأوی زبس گرِ پانے تہٕ ترأوی زن دفتر۔

نأظم تقریب چھُ اسد صأبُن ناو ہیوان تہٕ ہیوان

أخرس ووتھ اسد صأب تھُد، اسُنا تر ووٗن تہٕ دراو ہالہ مثرٕ نبر۔



## اراٹن دَب

''ژٕ ے دلن ہُند حال ژھکھ زانان۔ سورُے دِیتھم مگرسہ دیژایاتھ پتہٕ نیو'تھم بیٚیہ واپس۔ میٚہ ونتہٕ کیا خطا چھُم۔ اٰخرمٕ ستی کیازِ گووٕ یہ اٰخر۔ اتھ کُس ذمہ وار بہٕ ہا کنہٕ ژٕ، اے کاتبِ تقدیر'' میٚہ اوس اٰچھو کنٕ اوٗش ددرایہ وسان۔ اٰتھی منٛز گٔے زن وُزٕملن تہٕ میأنس انہِ گٹہِ کوٗٹھس پیوٚو گاہ۔ میٚہ دَژ نظر، بہٕ اوسُس اٰنس برونہہ کنہ کھڑا مگر یہ کیا اتھ اٰنس منٛز نے اوس نہ کأنسہ ہُند عکس۔ نہ تسُند تہٕ نہ میون۔



پزی پاٹھی ساتھی۔

خبر از کیا زِ آو میٚہ یہ کُنہٕ کھینہ ہیوٚ۔ خوٗدایس بغاٗر چھا کانٛہہ شوٗبان کُن۔ امامیٚہ کُس خطا چھُم کوٚرمت یمیُک یہ سزا چھُم تُلُن پیوان۔

''نہ نہ خطا نہ۔ میٚہ چھِ چانی ماے۔ میٚہ دوٗپ از کرکھ توتھٕ بغار میٚہ ستی دل مُژ رِتھ کتھا باتھا۔ بیتہِ چھکھ اکھ ژٕ تہٕ بیٚیہِ بہٕ، ترییم چھُنہ کٗہنی۔ ون کیا چھُے وَنُن از۔ باوِ دلُک حال۔ میانہ خزانکی برچھی ؤتھی، مہ کھوژ، منگ یہ منگُن چھُے بہ دِمے''

''شُکر میانہ خوداے۔ بہ کتہِ انہٕ سوز یوٚیمہٕ ستی بہ چون شُکر کرٕ۔ لوکچارٕ پتھٕ تھووتھم کلس پتھ پننہٕ شفقتُک اتھٕ۔ مول موج گژ رِتھ تہِ واتہٕ نو وتھس تتھ مقامس یمیُک نہ وہم گمان تہِ اوسُم۔ زانٛہہ پووتھم نہ پرٕ۔ پرٛتھ گژِ کرتھم یاٗری۔ دنہٕ والین مژ تھووتھس۔''

''تیٚلہِ کیا زِ ژٕ پریشان تہٕ یتھے ہیوٚ۔ بیٚیہِ چھُیا کیٚنٛہہ حاجت منگ۔ ونانے چھُسےٕ منگ بہ دِمے''

''سوٗرُے حض سوز تھم ووٚنی گو۔۔۔!''

''کیاہ۔ صاف صاف ون کیا دلیل۔ ونتھے گرٛشہ کیاہ چھُے پرٕ۔ منگ یہ چھُے گژ غنیمت''

چُھکھ نالڑاۓ کرنہٕ یِوان۔ کتھ کرنس تہٕ نبر نیرنس چھنکھ کامن گرمژ۔ اصلی چُھنا اُمی پُلسہٕ بتہٕ کھیوُمُت۔ اثر کوٚت گژھِہس۔ وونی کری توٚھہ جۆامِس عمہ میرس وٕنی تو یہ نیاے موکہ لاووِہے۔ آخریمن یتیمن ترٕاوتن پنُن حصہ یلہٕ۔ کُنہ دوہ انتن حض ناد دِتھ تہٕ اسِہ تہٕ وٕنی تو بۆہتھ دِمواتھ مسلس کانٛہہ اندبوٚر" علی خان اوس مقدمس یہ دپِی زِتہٕ زارٕ پارٕ کران۔

"مقدم اوس جحیرِ لمان تہٕ دیہہ کش تراوان۔ بُمہ تھد تُلتھ ووتھ علی خانس کُن۔

"بوزساخانا۔ میٚہ ہساچھِ امہِ معاملچ ساٰری خبر۔ آخر مقدم چُھس نا۔ کم کم نیاے چھِ میٚہ اُنزراٰومتی۔ وونی گوٚیتھ معاملس چھِ ہنا نوعیت بدل۔ رمہ میر چُھنہٕ وونی سُہ رمہ میرٕ یُس سُہ داہ ؤری برۆنہہ اوس۔ تِمن دوہن اوس سُہ یہٕ دپِی زِتہٕ اتھِ دارنس۔ ازماچھ سُہ حال۔ نچیوٗزٕ چِھس ملاٰزم۔ روپیہ ہلم ہیتھ چِھس گھرٕ یِوان توہ پتہٕ کوٗرن کوربن دۆن گامہ سے مٔنز۔ امہِ ستی بنییس رشتہٕ داٰری۔ برۆنہہ اوُسس نہ کانٛہہ گامہ وول درہ کران۔ ازے کانٛہہ کوٚر ٹھوٗل تراوِ رمہ میرس چھِ سال کران۔ ازچھِ تس ژٔرتہٕ تہٕ لٔرتہٕ۔ سُہ چھنہ وونی یوٗرک بوزان تہٕ بوٗزمتے اُسبتھ آخرز مانس مٔنز کولہٕ ہوکھن تہٕ ہنز گربزن"

"اہن حض توہی ہے گامکی مقدم چھو۔ تہُند بوِ زِنہٕ تہٕ اِدٕ کسُند بوزِ۔ یہ

# أنتہٕ گومُت

"نحض تہٕ تو ہیہ ہے پانس خبر چھو زِیمن میانِہن بنۂتھرن چھِ یہ وراثتی
پورن، جدن اجدادن ہنز۔ ینہ یمن مول جنتی گُزریو وأمی پبترنے یمن ترہ
ژانہِ۔اوترٕ چُھ نکھا کھتے گُپن گانہٕ برس تہِ قُلف تروومُت۔ بچأری وارِ پارکھنڈ
اوسُکھ تتھ کوٗرنکھ یہ بوزتو زبردستی قبضہ۔ تتھ أس ہا کہ ڈوٗر بناوان وونی چھکھ نہ
تتہ دِوان کیہنی کرنہٕ۔ أمِس رمہ میرس ھض چھُنہ خوفِ خداتہِ۔ اگر نحض أسی
آسہٕ ہویمن لرِ روزان یم ماکڈن یمن مکانہٕ منز تہِ۔ رمہ میر نہ کوچہ کنی أس
میانِہن بنۂتھرن سون کُن وتھ۔ تتھ برنہٕ تہِ دِتی کلی یُتھنہ سون کُن گژھِ نہ یُن
گژھُن روزُن۔ نحض خأرشر چُھ، دوودگ چھ۔ یم یین نہ میٚہ نِش تہٕ اِدٕ کوٗت
گژھن۔ أخر ماے چُھ سکھ۔ یم نحض چھنہ ہیکان وونی دارِیا برس گُیول دِتھ یہ

خوٗب تہٕ گامس منز تہٕ رشتہٕ دأری، تم سادن أمی سےٕ۔ توے چھِ أمِس از کتھٕ فوران''

''نحض کیا فأصلہ اوس ونان۔ یی زِ مکان گومیانِبن بٔنتھرن تہٕ وأر گۓ أمِس۔ یہ اوس ناظُلم۔ أمِس تے مکان تہٕ واراہ حصہ چُھ پٔنُن'' علی خان ووتھ مقدس کُن

''تہٕ ہساچھ پوٚز۔ مگر تمہٕ وِزِ اوسے مکان مانان دیُن۔ از چھے نہ تتہٕ مانان۔ بیا کھ کتھ چھنا۔ یم چأنی بٔنتھر تہٕ چھنہٕ کتھ کران۔ اکھُتے بوٗزم چون بوٚڈ بٔنتھر ۔۔۔ کیا چُھ تس ونان الہِ ۔۔ سُہ تہٕ چُھ رمہ میرس ہتی'' مقدمن ووُنس'

''وُچھ حض۔ یتیم شُری چھِ۔ تمن چُھ أمی دم کوٚر مُت۔ پرُس وندس ییٚلہ بہ نبر گوس أمی کوٚر تمن نِچارِبن شلکھ، نرِ زنگہ پھٹرأونکھ بیٚیہ نیاین تھانس پیٹھ تکیا زِ تم ؤ ژھالیس واپس، ووٗنی چھِ تم تہران۔ یوٗت نہ أمی سُند ہأبتھ چھکھ تمہ کھوتہٕ زیادہ چھِ تھانس کھوژان۔ ووٗنی گوالہِ۔ سُہ اوس مألی برونہے گھرِ منزٕ ژھُن مُت کڈِتھ۔ تس اوس اتھس پھوریر بیٚیہ اوس بدکارن لوٚ گمُت۔ زارتہٕ اوس گندان۔ رمہ میر چُھ تس سگریٹ دِوان تہٕ توے چُھ تمی سنز دری کران۔ بیٚیہ سُہ کتہٕ چُھ اتہٕ آسان۔ خبر کتہٕ؟ ووٗنی کرتہٕ حض حج، زن کرکھ خانے کعبس طواف تہٕ ولہِ ہبس غلاف۔ اسہ کرتہٕ اتھ کینٛہہ فأصلہ'' علی خان اوس عأجزی

اوس پانہٕ تہٕ پتمہِ پھرِ ونان کتھ گرو۔ ڈٲپۍ توس وولہٕ تہٕ کرو کتھ'' علی خان ووتھ مقدس کُن

''علی خانہٕ وون مے ناژ چھکھ وُنہ پرانے تارِتران۔ سُہ نسا چھ ووٚنۍ سون تہِ یوان۔ اگر ونہ ہوس تہِ توتہِ نہ۔ تٔمس چھنا ربکھ موٚتیمژ توہ پتہ تہِ ہسا ونیا مۍیہ پتمہِ جمعہ تٔمس نمازپرٕتھ مگر تٔمی وٕنۍ تورِ بدلے کتھ۔۔۔''

''کیا حض بدلے کتھ؟'' علی خانن پروژھ مقدمس

''تٔمی ہسا وون زِیمن یتیمن چھُ مول تمہِ وِزِ گُذریومُت ییٚلہ یمن بڈۍ بب زندٕ اوس۔ لہٰذا اترِ نہ شریعت حساب یمن کانٛہہ حصہ۔ اتھ سأرسے جادادس چھُس قانوٗنی تہٕ شرعی وأرث بیٚ''

میٚہ ونیاس پتمہِ پھرِ ژٕرے ونان اوسکھ اتھ کرو فأصلہ تورِ ووٚنم تم گورِ گئے دوٗ دکٕنتھ۔ تمن دوٕہن ونیا مکھ ییٚلہِ نہ مونٛگھ۔ پتہٕ کھے میٚتہِ کتھ۔ ووٚنۍ چھُنہٕ مُمکِن۔ اکھتُے ووٚنُن چون تہِ دوٗ پُن علی خانس ون مامہٕ گی تراومہ کرٹرٹر۔ نہ روٗز نے یم گُنہ تہٕ نہ روز کھ ژٕ'' مُقدم اوس علی خانس ونان

''اہن حض۔ امیک مطلب گووٕ یہ زِ یہ کھیۍیہِ یمن یتیمن ہُند حق''

علی خانا۔ اکھ کتھ ہساونے۔ تو ہیٚیہ تہِ گرٕ ونا اکھ غلطی بلکہ بٔڈ بارِ غلطی۔ ییٚلہ یہ رمہ میر پانے اوس وِنان فأصلہ کرو تیٚلہِ ماموٗنوٕ۔ ازچھِ أمس پونسہ تہِ

# یِم کُتھکی چھِ تیلہِ؟

شامُک وخ اوس تہٕ بہٕ اوسُس دارِ کن جنگلُک نظارٕ وُچھان۔ یہ گام اوس بالہٕ دامنس تل بَستھ۔ ماری موٚندتہٕ خوبصوٗرت۔ اکہِ طرفہٕ لوگُٹ موگُٹ جنگل یِہوے زن قلعہ تہٕ اتھ منٛز سرسبز شاداب، تھدی، دیوقامت سرٕ وُلگی۔ یارِ تہٕ دِوِدار زن رأچھدرن ہندی پأٹھی اِستادٕ۔ باسان اوس زن أمی بالن یہ گام ماجہِ ہندی پأٹھی کھوٚنہِ منٛز روٚٹمُت۔ گامہ بیٚیہِ طرفہ أس دانہٕ کھاہ، ورِوارتہٕ کھولہ کاہچرأے۔ گامہ منٛز أس شکم چیٖرِتھ زن پوختہ گاڈِ سڑک نیران یتھ دوٚشوٚنی طرفن کینٛہہ روزن جایہ تہٕ وان أس۔ اتہِ اوس اکھ استان تہٕ تہٕ دپان اتہِ اوس اکھ بزرگ عیال ہیتھ دفن۔ لُکن اوس اتھ استانس سٟتی واراہ عقیدت تہٕ اتہِ گِنٛڈِتھ ہ شوٚسٟتی اوس یہ عقیدت ٹاکارٕ عیان۔ میٚہ أس وُنہ اتھ گامس منٛز ہفتہ جوراہ گمتی۔ یِنے پٔتمہ پھرِ ہڑتال آسہ ہے نہ تہٕ ٹریفک نہ پکنہ موجوٗب بہٕ دفتر ژیری واتہٕ ہانہٕ میٚہ ماسوز ہن تبدیل گرِتھ یتھ گامس منٛز۔ گُنہ ہن ہنٛز شہمت، تمی دوہ تروو کھ سائنس دفترس چھاپہ تہٕ بہٕ آس اتھی زدس منٛز۔ حُکمِ حاکم مرگِ مفاجات۔ بہٕ اوسُس ڈیرٕ پٹھ دارِ کن وُچھان نیبر کُن زِ میٚہ گو ہنگہ منگہ شک زِ امامیٚہ ماچھ ڈیرس نزدیک جنگل تہٕ اتہ ما آسن جنگلی جانور۔ پٹھٕ چُھ میٚہ عادت

سان مقدمس ونان۔

""میٚہ وُنےٗ نا۔ رمہ میر نا بوزِ کانٛسہِ ہُند۔ میٚہ کٔر چانہ باپت کوٗشش مگر۔۔۔ پتھٕ ماچُھ ووٗنی پرانٛی پاٹھۍ سون یِوانی تہٕ نہٕ چھُ سمکھنے، کُنہ ساتہٕ جمعہ نمازِ پتھ تہٕ بس۔ میٚہ ستۍ تہِ ماچھس برابری، بہٕ چھُس ناپزِس ستۍ۔ پۆز چھُ ٹیوٚٹھ توے چھُ میٚہ روٗشتھ۔ خاٗر میٚہ کیا کرِ۔ نیر ووٗنی ژٕ خوٗدایس حوالہ، وچھو ربّ کیا کرِ""

علی خان دراو پھوٗٹمتیو کوٹھیو مگر اتھ کتھٕ پتھ اوٗسس اطمینان زِ مقدمن وون تس زِ سُہ کرِ کوٗشش تہٕ ییٚہِ دیہِ پزرس ساتھ۔ سُہ اوس وُنہ کینٛہہ جریبے پۆکمُت أمس پیوو یاد زِ أمس گوٚو مقدس یہ وُنن مُشتھ زِ سُہ کریہِ ییٚہِ۔ سُہ پھیوٗر واپس تہٕ ووت مقدم سِندِس آنگنس نزدیک۔ یہُند برترأو تھے گوٗ أمس پٔتم شاہ پتھ تہٕ بروٗنٹھم بروٗنٹھ۔ مقدم تہٕ رمہ میر أس ورنڈاہس پتھ بہتھ ٹھاٹھا گرِتھ اسن کھنگالہ تراوان تہٕ مقدم تس ونان ""أنتہٕ گومُت علی خان۔۔۔""



## اراٹھن دَب

شامس ییْلہ سالہ پیٹھ عمہ خوجن آیہ، میْہ وون تٔمس ''گُستام زنان أسوٕ ژھاران، میْہ باسیے مسافر بھاے أس، کھونہِ منز اوسُس شُرتہِ، میْہ حض پرِ ژھاس کینْہہ ماگرژھی مگرتٔمی وون نہ کینْہ''

''آہن ساتوٚ رُم فکرِ۔ سوآسہ ہاریشما۔ سوے ہساچھنہٕ بچھن واجنی مگر تقدیرس آس کھوٚر۔'' أمی وون اورِ

''کیا حض کھوٚر، میْہ زن توٚرنہ فکرِ'' میہ پروٚژھمس

''یم ہسہ آیہ ؤری ڈوڈؤری بروٗنہہ بأژزٕ۔ ریشماتہٕ أمی سُند خانہ دار گُلزار ریتھ گامس منز۔ بییہِ اوسُکھ دون ژوٗن رتبن ہندکو رِ بچہ ہنا۔ یم چھِ أسمتی یمہ گامہ دوٗرمیل ووہ مرِ أکس رٕ کھہِ منز روزان۔ دپان تتہِ أسکھ لکڑٕتہٕ میژٕ ہند کوٹھٕ بنومُت گوجر کوٹھٕ ہسا۔ یم چھِ تتہ پأنژ داہ گھرٕ ؤری وادوپیٹھٕ روزان أسمتی۔ جنگل زیوٚن ژٹتھ تہٕ چاروٲے رٕچھتھ چھِ أسمتی گُزارٕ کران۔ پیوٗرس آیہ یمن بچاربن شہمتھ۔ سرکاری حأکمو وونکھ زِ یمو چھِ یم کوٹھٕ جنگل زامینس پیٹھ بنأومتی تہٕ ژھنہِ ہیکھ نہنأوِتھ، یم گے بے گھر۔ نہ روزکھ روزنچ جاے تہٕ نہ کانْہہ زیتنگ وسیلہٕ۔ یمو کراے واریا کوٗشش تتہ نہ نیرٕنچ مگر ییْلہ سرکارن پولیس سوٗز۔ یمن پھٹراو یکھ نٕرزنگہٕ تہٕ یمن گے چھلہ چھانگر۔ اتھ چھلہٕ چھانگرِ منز لگی یم زِ بأژ کوٗر ہیتھ یور کُن۔ ونہٕ اوس ینہٕ وول گرژھٕ ہن کوٚت،

صبحأے نماز پتہٕ مارننگ واک کرنُک۔ ییٚنہ بہ ہنگہ منگہ شاہمتو کاروٗ کُنہ دوہ پھسہٕ۔ بہ اوٗسُس یِی سونچان زِ سانہ ڈیرُک مالک عمہ خوجہ ژاو میٚہ نِش۔ علیک سلیک کٔرِتھ پروٗژھمس "میٚہ ونتہٕ حض یمہٕ جنگلہ منٛزٕ ما کانٛہہ جنگلی جانور کُنہ وِزِ گامس کُن وسان۔

اُمی تروواورٕ اُسن تہٕ ووٗنُن "گو برائم کتہ گے جنگلی جانور۔ یہ ہسا چھُ بازروونی۔ اتھ منٛزٕ چھُنہٕ شالو بغأر کینٛہہ آسان تہٕ تِم تہٕ ہوٗنی وو پھرایہ کھوژان۔ یہ چھابوٗ ڈ جنگلٕ اتھ چھِ ہیرٕ کنہِ بڈٕی وڈیرٕ۔ زمین کھار ساسا، تتہٕ چھِ آبأدی، تتھ چھِ ہیرٕ گام ونان۔ تتہِ چھِ لُکھ روزان بازرکی پأٹھی، تِم کتہِ گٔے جنگلی جانور پأدٕ۔ روز بے فکر تہٕ تراوسُکھ شیہلتھ ہِندٕر۔ یتہِ چھُ نہ کانٛہہ خطرٕ تہٕ نہ چھِ کانٛہہ بلاے"

بہ اوٗسُس ووٗنی کھوژٕ نہٕ ورأے صبحس شامس چکرس نیران تہٕ پزی پأٹھی اوس نہ اورٕ کانٛہہ جنگلی جانور نظرِ گژھان۔ پوزٕ بوزو میٚہ گٔے نہٕ شالہٕ ٹونگہ زانٛہہ کنن۔ آٹھوار اُس تہٕ بہٕ اوٗسُس ڈیریں پیٹھ تہٕ عمہ خوجہ تہٕ تہندی سأری بأژ اُسی سالس گأمتی۔ دوہلہ آیہ گُستام زنان کھونہِ منٛزٕ شُر ہیتھ تہٕ اُس مالکِ مکانس ژھاران۔ سوٗ اُس باسان بچھوٗنی ہش، میٚہ پرژھاس کیا گژھی مگر تِمی ووٗن نہ اورٕ کینٛہہ تہٕ درایہ واپس۔

''تہِ ہِض چُھ پوٗز۔ مگرا کھ کتھ چھنازِ اگر گامہ وأ لی ہمت کرن تہٕ کینٛہہ
پأنسہ جمع کرن تہٕ أمِس دِن کینٛہہ کاریتھ یہ کم زیادٕ زینتھ دوہ گزار کرِ۔ اکھ پھیرِ
نہ یہ گھرِ پتہٕ گھرِ تہٕ نہ پیپہِ گامہ والین دوہے أمِس کینٛہہ نتہ کینٛہہ دیُن۔ تہٕ بڈٕ
کتھ چھِ یہ زِ یہ چھ ثواب تہٕ اتھ چھ اجرِ عظیمؔ'' میٛہ وونُس یورِ۔
''کتھ ہسا چھِ شوراہ آنہ صحیح۔ بہ کرے ضرور گامہ والین ستیٖ اتھ پٹھ
کتھ'' عمہ خوجس آیہ میانہ کتھِ ستیٖ برابری
''اکھُتے ہِض کرِ بہ تہِ اتھ رٕژ کامہ منز شرکت تہٕ بیٛیہ اگر کانٛہہ یار
دوست سمکھہم تس تہِ ہیمہ کینٛہہ مگر توہی کرو صرف صحیح'' میٛہ وونُس
امہ پتہٕ زٕ ژوردوہ گرٛھتھ آوشامس عمہ خوجہ میٛہ نش تہٕ وونُن
''میٛہ ہسا گرے اوترے گامہ والین ستیٖ کتھ۔ خفتن نمازِ چھنا واریا
نمأزی مشیدِ منز آسان تتی وونمکھ۔ ساروے مأنی یہ کتھ تہٕ دویمہ دوہ پٹھٕ
سومبرأے پونسہ۔ اسہِ آو مشورٕ زِ أسی دِموریشمایہ گاو ہتھ۔ یس ونی کینس دود
آسہِ دِوان۔ اتھ قومس چھ گُپن تہٕ چارو أے رِچھنگ جان تجرُبہ۔ گاو تہِ ہسا
وچھ۔ سو چھِ پانژشیٛہ کلو دود وقتس دِوان۔ گاوِ چھس نہ خرچہ تہِ زیادٕ۔ دوہس
آسنس وِرِوارس منز تہٕ گاسہ چرایہ منز تراوان تہٕ شامس آسنس ٹینہ شڈس نیبرٕ
کنہ گنڈتھ تھاوان۔ برونہہ کُن دِمہٕ ہوس بیٛیہ ٹینس داہ باہ ٹُڈٕ تہٕ بناوہوس گاوِ

ویسے زانہ ہَن گلزارامہِ برۄنہہ تہٕ تکیا زِسہٕ اوس ٹھجہ کادتہٕ دانہِ لوننہِ یتھ گامس منز یِوان۔ ووٚنی اوسُس ناڈیر تاون تہِ پیوٚمُت۔ اسہ تہ اوس وندس مشید حمام زانٕنچ ضرورت۔ اسہ تھوو یہوے اتھ کامہ خاطرٕ۔ مشیدٕ پتہٕ کنہ اوس ٹینہٕ شڈ۔ سہٕ دِتُس روزنہ خاطرٕ مگر قوو درتن ئرنس نہ یاوری" ووش ترأوِتھ وون عمہ خوجن

"آہن حض پتہٕ کیا گوٚو۔ تو ہیہ اڈلیچ کتھ ترأوٕ" میہ پروٚژھمس

عمہ خوجن ووَن اورٕ "تی ہسا۔ غریبو درأے روزٕ دوہ گیکھ بڈٕی۔ وٕ رٕی لیس موٗضوٗرٕی ئری ئری پکہٕ نو وگلزارن گھرٕ۔ یہوس وندس تہٕ زولُن حمام مگر سوٚ نتھ تھے گووتَس خبر کیا تہٕ ہنگہ منگہ ئذریوو۔ نہ دود تہٕ نہ دگ۔ پتھ ئن روزٕس خاندارنی تہٕ کوٗر۔ ووٚنی ماژھنہ ہوکھ تم ئڈتھ۔ تنہ چھِ یم دوشوے ماجہ کورِ ٹینہ شڈس منز روزان تہٕ گامہ وألی چھکھ بتہٕ رٔنگی تہٕ سِنہ رٔنگی بیترِ اتھٕ روٗٹ کران۔ آتھوار چھِ ئنہ ئنہ گھرس گرٕ ھان ڈووَن پھش دِنہ تہٕ تم تہِ چھس کم کاسہ دِوان، دپھ سا مصیبتھے مُصیبت"

"نخص یتھٕ ئنٕ ئتس کالس پکہ ناوِ زندگی۔ پتھٕ چُھس کورِ بچہ۔ أمس پزٕ کینہہ نتہٕ کینہہ کرُن" میہ ووٚنس یورٕ

"کیا سا کرِ۔ نارس دیہہ ئرٕ۔ ژھربو اتھو، سو تہِ زنانہٕ موہنیو" عمہ خوجہ ووتھ میہ ئن۔

## اراتُن دَب

دراس تہٕ ووٗتُس ڈیرِس پٹھ ۔ اتہِ اوس نہ عمہ خوجہ۔ بہ پراریوس یوتام سُہ آو۔

چاے تہِ چیٚیم نہٕ

''یم حض گٔے روپیس پنداہ ساس۔ وعدٕ اوسُم ناکوٚ رمُت'' میٚہ کٔڈ چندٕ

منٛزٕ روپیہ بُدرج تہٕ ہیٚژم عمہ خوجس پلہٕ ناوٕنی ۔

اٚمی گٔنڈ مُدرٲے میٚہ کُن تہٕ زیوٗٹھ ووش ترٲوِتھ ووٚنُن

''تھاوساوون یم روپیہ چندس منٛز، ووٚنی چھنہ یہنٛز ضروٗرت''

''کیا حض زِ۔ تو ہیہ گوواہ رقم پوٗرٕ ۔ توتہِ تھٲویو بیٚہ مالگیس کُنہ ٹینہ

چھپردِنس یا بیٚیہ کینٛہہ'' میٚہ ووٚنمس

''تم کتھ ہساموکلییہ ۔ راتھ صبحٲے ہسا آو پولیس تہٕ ٲمی نیہِ ریشماکوٗر

ہیتھ کوٚتتام ۔ اسہ گامہ والوٕ ونیاو تمن یہ کوٚت نیہ ہوٚن ۔ تمو ووٚن یہ چھنہ یمہ

مُلکچ ۔ تہٕ حکوٗمتن چُھ آرڈر کوٚ ڈمُت یم چھِ گرفتار کٔرِتھ واپس پنٛن مُلک سوزٕنی ۔

اسہ وِنیاکھ زِ یم چھ یتہِ کی۔ یمن گٔے وومراکھ جنگلس منٛز بسان مگر تمو مونہٕ،

دپوٚکھ یمن چُھنہٕ کانٛہہ ثبوٗت زِ یم چھِ یتیکی، نہ یہندِ ناوٕ زمین جایداد، نہ راشن

کارڈتہٕ نہ آدھار کارڈ یا بیٚیہ کینٛہہ ۔ یم چھِ غاٗر مُلکی ۔۔ ریشماہن مار یاو پان مگر

تِموٗنی سہ کھکھرِتہٕ بٔرکھ پولیس گاڑِ منٛز'' بہ گوس یہ بوٗزِتھ زن تہٕ روٗزِتھ ۔ روپیہ

پیہ اتھٕ منٛز پتھرتہٕ آیہ چھکراونہ۔

☆☆

کیُت چھِر"۔

"یہ ھض گوبڑ جان۔ ووٗنی وٗنی تو میٚہ لایق کیا حکم چھُ" میٚہ پروژھمس
"وُچھ سا۔ گاوٚ چھس یِوان ستتھن (۷۰۰۰۰) ساسن تہٕ گامہ منزٕ گییس
روپیہ ساس پانژٕ مرٕ جمع۔ بیٚیہ تہٕ ماگرِ چھنس پانژ داہ ساس۔ داہ وُہ ساس چھِس
پرٕ۔ ووٗنی اگر کینٛہہ مدد کرہس جانے گژھ" عمہ خوجن وون میٚہ
"میٚہ ھض چھُ برونہی ووٚنمُت بہٕ تہٕ کرٕ کینٛہہ مدد۔ توہیٚ اٗنیو گاویم پانسہ
بقایا روزن تم دِمکھ بہٕ اکہ ہفتہ پتہ۔ میٚہ نیرِ تنخواہ تہٕ بیٚیہ تہٕ ماہیمہ کانٛسہ" میٚہ وونمس
"تیٚلہ انوا اَسی گاو۔ یہ چھُ مشورٕ" عمہ خوجن وون۔
"بسمہ اللّٰہ کرِتھ ھض انیو۔ اتھ کیا چھُ پرارُن ووٗنی۔ رٕژٕ کامہ چھا
دیری لاگان" میٚہ وونمس۔

گامہ والوٚ اٗنی دویمہ دوہ گاو۔ میٚہ تہٕ لوگ اَمسے نِش دودھ ہیوٚن۔
ریشما اَس واراہ خوش زن تہٕ اُمی لعل اوس لوٚبمُت۔ سہ اَس اسن اسن کتھ
کران۔ میٚہ گو یہ وُچھتھ دل خوش تہٕ ربس کوٚر مُشکر۔

بُتھِ اَس آتوار بہ ووٗتُس بٹہ وارِ دوہے شہر۔ ژندروارِ صبحا ے کھوٚتُس
گام تہٕ سودے ژاس دفتر۔ تنخواہ روٗژُم تہٕ امی دوہ دراس سُلی پہن دفترٕ۔ بیٚیہ تہٕ
بیتم دون سا ٹھین پونسہ یمن برونہے ووٚنمُت اوسُم۔ روپیس پنداہ ساس ہیتھ

دراس تہٕ ووٚتس ڈیرس پٔٹھ۔ اتہِ اوس نہ عمہ خوجہ۔ بہ پراریوس یوتام سُہ آو۔

چاے تہِ چیٖم نہٕ

"یٖم حض گٔے روپیس پنداہ ساس۔ وعدٕ اوسُم ناکوٚ رمُت" میٚہ کٔڈ چندٕ

منٛز روپیہ بُدج تہ ہیٚرٕم عمہ خوجس پلہٕ ناوِنی۔

اُمی گنڈ مُد آسے میٚہ کُن تہٕ زیوٚٹھ ووش ترٲوِتھ ووٚنُن

"تھاوساوون یٖم روپیہ چندسے منٛز، ووٚنی چھنہ یہنٛز ضرورت"

"کیا حض زِ۔ تو ہیہ گوواہ رقم پوٗرٕ۔ توتہِ تھٲویو بیٚیہ مالگیس کُنہ ٹینہ

چھپرِدنِس یابیٚیہ کینٛہہ" میٚہ ووٚنمس

"تم کتھ ہسامو کلییہ۔ راتھ صبٲے ہسا آو پولیس تہٕ تِمی نیہِ ریشما کوٗر

ہیتھ کوٚتام۔ اسہ گامہ والیو ونیاو تِمن بیہ کوٚت نیہ ہوٚن۔ تِمو ووٚن یہ چھنہ یمہ

مُلکچ۔ تہٕ حکوٗمتن چھُ آرڈر کوٚ ڈمُت یٖم چھہِ گرفتار کٔرِتھ واپس پنٔن مُلک سوزِنی۔

اسہ وِنیاکھ زِیٖم چھ یتہِ کی۔ یِمن گٔے ووٚمراکھ جنگلس منٛز بسان مگر تِموموٚنہٕ،

دپٔو کھ یِمن چُھنہٕ کانٛہہ ثبوٗت زِیٖم چھِ یتِکی، نہ یِہندِ ناوٕ زمیٖن جایداد، نہ راشن

کارڈ تہٕ نہ آدھار کارڈ یا بیٚیہ کینٛہہ۔ یٖم چھِ غارٕ مُلکی۔۔ ریشما ہن مار یاو بان مگر

تِمو نی سہ کھٔکھرِتھ تہٕ بُرکھ پولیس گاڈِ منٛز" بہ گوس یہ بوٗزِتھ زن تہٕ روٗزِتھ۔ روپیہ

پیہ اتھہ منٛز پتھرِ تہٕ آیہ ٹھکراونہ۔

☆☆

کیُت چھپر''۔

''یہ حض گوبڑ جان۔ وونی وُنی تومیٚہ لایق کیا حکم چھُ'' میٚہ پروژھمس

''وُچھ سا۔ گاو چھس یِوان ستتھن (۷۰۰۰۰) ساسن تہٕ گامہ منزٕ گییس روپیہ ساس پانژٕ مرٕ جمع۔ بیٚیہ تہٕ ماگرچھنس پانژ داہ ساس۔ داہ وُہ ساس چھِس پرٕ۔ وونی اگر کینٛہہ مدد کرہس جانے گرژھ'' عمہ خوجن وون میٚہ

''میٚہ حض چھُ برونہی وونمُت بہٕ تہٕ کرٕ کینٛہہ مدد۔ توہیٚ أنیو گاویم پانسہ بقایا روزن تِم دِکھ بہ اکہ ہفتہ پتہ۔ میٚہ نیرِ تنخواہ تہٕ بیٚیہ تہٕ ماہیمہ کأنسہ'' میٚہ وونمس

''تیٚلہ انوا أسی گاو۔ یہ چھُ مشورٕ'' عمہ خوجن وون۔

''بسمہ اللہ کٔرِتھ حض انیو۔ اتھ کیا چھُ پرارُن وونی۔ رٕژِ کامہ چھا دیری لاگان'' میٚہ وونمس۔

گامہ والو أنی دویمہ دوہ گاو۔ میٚہ تہٕ لوگ أمسے نِش دود ہیوٚن۔ ریشما أس وار اہ خوش زن تہٕ تِمی لعل اوس لوٚبمُت۔ سہ أس اسن اسن کتھ کران۔ میٚہ گو یہ وُچھتھ دل خوش تہٕ ربس کوٚرم شُکر۔

بُتھِ أس آتوار بہ ووُتس بٹہ وارِ دوہے شہر۔ ژندروارصبحأے کھوٚتُس گام تہٕ سودٕے ژاس دفتر۔ تنخواہ روٗژُم تہٕ امی دوہ دراس سُلی پہن دفترٕ۔ بیٚیہ تہٕ ییتم دون سأتھین پونسہ یمن برونہے وونمُت اوسُم۔ روپیس پنداہ ساس ہیتھ

آستانس منزے گنڈاران۔ یِہند خاطرِ آسی آستانس أندی پکھ روزن واٗلی گنجہ بانن تہٕ ترامبن منز بتہٕ انان۔ امہِ ورأے تہِ اگر کانہہ دوٗریک شخص راتس اتہِ ڈوکہِ ہیتس أس روزنہٕ خاطرِ جاے تہٕ کھین چین مُفت میلان تہٕ توے اوس نہ اتھ علاقس منز راتس روزنہٕ خاطرِ کانہہ ہوٹل یا گیسٹ ہاوس، اگرچہ یہ پرگنگ صدر مقام تہِ اوس۔ کم دوہ أسی تمم مگر کتہِ روٗدی۔ نہ سہ سو خوشی، نہ سہ سکوٗن صرف ژلہٕ لار، زندٕ روزُن گومُت محال تہٕ دوہ کڈُن گومُت کریوٗٹھ۔ ملک الموت زن برادیومُت۔ پرٕ بتھ دوہ بوزان یچھ خبر۔ خأریم گۓ گوناہ پٹنی تہٕ بییہ نہ کینہہ۔ میٚہ چھُ یاد ییلہ اتھ استانس آنگنس منز تمن دوہن اکھ شخصا یِوان اوس سُہ تہ پرٕ بتھ دوہ شامن، کلس دچھِ دارٹوٗپِ دِتھ۔ أکِس اتھس منز لوٗرتہٕ بیٚیس اتھس منز شیرین ٹھیلہ ہتھ آسان۔ یہ اوس کران شُربن آلو" ولوٗہ گوبرو! بہٕ ہا دِمہٕ ہو شیرین مگر تو ہیہ چھُ میٚہ ستی زورِ زورٕ وٗنُن، بہٕ ونہٕ ہوا آشاو میدا تہٕ تھوٗنیو زورِ زورِ بوٗ ڈ نو قصانہ" یہ وٗنتھ اوس لاگان شُربن ستی زورِ زورِ کربکہ دِنہٕ مگر سأری أس بوزان اکہِ کنہ تہ بییہ کنہٕ تراوان۔ امہ پتہٕ أسی شُری شیرین رٹان تہٕ ژلان تہٕ سُہ اوس یمنے ستی نیران۔

دپان یہ چھُ اوسمُت کرتام سرکأری نوکری کران تہٕ داراہ کالہ پتہٕ اوس ووٗنی معموٗلی پینشن پوٗنسن پتھ گنڈارِ کران۔ خاندارِنی چھس أسمٕز جوأنی

# آشاوومیدا

تتہٕ آسن الہِ پلہٕ ۆری ژٕتجی مرٕ گاٚمتۍ ییٚلہ بہٕ ییتھ استانس پیٹھ پرٕ بتھ دوہ یِوان اوسُس تہٕ پتہٕ اوسُس شام نمازِ پیٹھ خُفتنس تام استانہٕ آنگنہ کہ کھوفرِ پاسہ ناٲگنہ نِش بہان۔ تمن دوہن اوس پرٕ بتھ شامس اتہِ لُکہ ارسات آسان۔ زنانہٕ، مرد، شُری، بُڈۍ سأری۔ آستان ناٲگنہِ اوس تیوٗتاہ صاف آب ییتھ منٛز بُتھ اوس بوزنہٕ یِوان تہٕ لُکھ اُس اٲچھ ترٚیش تو برٕ کن چھوان۔ آستان کس غلام گردشس اٲندۍ اٲندۍ آسۍ رٚیش تہٕ بیٚیہ باقی عقیدت مند دروٗد تہٕ سلام پران تہٕ امیک گربزٕ اوس دِلس سکوٗن بخشان۔ آستان آنگنس منٛز تہِ آسۍ واراہ لوٗکھ خاص کر زنانہٕ اتھِ تھوٚد تُلتھ خدایس منگان تہٕ دعاٚے خاٚر کران۔ ڈیڈِ تل اوس تُہرٕ باٲگراوَن وول تہٕ قہوٕ چاون وألۍ آسان تہٕ اتہِ تہِ آسۍ واریاہ لُکھ جمع گاٚمتۍ آسان۔ کینٛہہ کھیوان تہٕ کنٛہہ چھوان۔ گاموپیٹھٕ اُس واراہ لُکھ یِوان تہٕ ییم نہ شامس گھرٕ ہیکان آسۍ گژھتھ یا اوسُکھ نہ آسان اتہِ ڈیرٕ تم اُس راتھ

آستانس منزے گنذاران۔ یِہند خاطرٕ اَسی آستانس اَندی پکھ روزن واَلی گنجہ بانن تہٕ ترامبن منز بتہٕ انان۔ امہِ ورأے تہِ اگر کانٛہہ دوٗر یُک شخص راتس اتہِ ڈوکہِ ہیتس اَس روزنہٕ خاطرٕ جاے تہٕ کھبن چین مُفت میلان تہٕ توے اوس نہ اتھ علاقس منز راتس روزنہٕ خاطرٕ کانٛہہ ہوٹل یا گیسٹ ہاوس، اگرچہ یہ پرگنگ صدر مقام تہِ اوس۔ کم دوہ اَسی تم مگر کتہِ روٗدی۔ نہ سو خوشی، نہ سُہ سکوٗن صرف ژلہٕ لار، زندٕ روزُن گومُت محال تہٕ دوہ کڈُن گومُت کریوٗٹھ۔ ملک الموت زن براد یومُت۔ پرٛتھ دوہ بوزان یچھ خبر۔ خاَریم گئے گوناہ پٔنٛز تہٕ بییہ نہ کینٛہہ۔ مےٚ چھُ یاد دییلہ اتھ استانس آنگنس منز تمن دوہن اکھ شخصا یوان اوس سُہ تہ پرٛتھ دوہ شامن، کلس دچھِ دار ٹوٗپٕ دِتھ۔ اَکس اتھس منز لوٗرتہٕ بیٚیس اتھس منز شیرین ٹھیلہ ہیتھ آسان۔ یہ اوس کران شُربن آلو" ولوٗ ہ گوبرو! بٕہ ہا دِمہ ہو شیرین مگر تو ہییہ چھُ مےٚ ہستی زورٕ زورٕ وُنن، بہٕ ونہٕ ہو آشا و میدا تہٕ تہٕ وُنیو زورٕ زورٕ بوٚ ڈ نو قصانہ" یہ وُنتھ اوس لاگان شُربن ہستی زورٕ زورٕ کربکہ دِنہِ مگر ساَری اَس بوزان اکہِ کنہ تہ بییہ کنہٕ تراوان۔ امہ پتہٕ اَسی شُری شیرین رٹان تہٕ ژلان تہٕ سُہ اوس یمنے ہستی نیران۔

دپان یہ چھُ اوسمُت کرتام سرکاَری نوکری کران تہٕ واراہ کالہٕ پتہٕ اوس ووٗنی معموٗلی پینشن پونسن پتھ گنذارٕ کران۔ خاندارٕنی چھس اَسمٕٹ جواَنی

# آشاووميدا

تنہ آسن الہٕ پلہٕ وٕری ژتجی مرٕ گاٚمتی ییٚلہ بہٕ یتھ استانس پٮ۪ٹھ پرٕتھ دوہ یِوان اوُسس تہٕ پتہ اوُسس شام نمازِ پٮ۪ٹھ خُفتنس تام استانہٕ آنگنہ کہ کھوفرِ پاسہ ناٚگنہ نِش بہان۔ تمن دوہن اوس پرٕتھ شامس اتہِ لُکہ ارسات آسان۔ زنانہٕ، مرد، شُرۍ، بُڈۍ سٲری۔ آستان ناٚگنہِ اوس تیوٗتاہ صاف آب یتھ منٛز بُتھ اوس بوزنہٕ یِوان تہٕ لُکھ أس أچھ ترٲیش توبرٕ کن چوان۔ آستان کس غلام گردشس أندۍ أندۍ أسۍ ریٚش تہٕ بیٚیہ باقی عقیدت مند دروٗد تہٕ سلام پران تہٕ امیک گربز اوس دِلس سکوٗن بخشان۔ آستان آنگنس منٛز تہِ أسۍ واراہ لوٗکھ خاص کرزنانہٕ اتھٕ تھوٚد تُلی تُلی خدایس منگان تہٕ دعاۓ خٲرکران۔ ڈیڈِ تل اوس تُہر بأگراوَن وول تہٕ قہوٕ چاون وألی آسان تہٕ اتہِ تہٕ أسۍ واریاہ لُکھ جمع گاٚمتی آسان۔ کینٛہہ کھوان تہٕ کینٛہہ چوان۔ گاموپٮ۪ٹھٕ أس واراہ لُکھ یِوان تہٕ یم نہ شامس گھرٕ ہبکان أسۍ گژھتھ یا اوسُکھ نہ آسان اتہِ ڈیرٕ تمٕ أس راتھ

# قضا

نبرٕ اَس روٗدٕ ٹاسرا ٲے تہٕ ستی اوٗسس سخ واوتہٕ۔ دِگرتام اوس کھُلہٕ تاپھ تہٕ نب اوس صاف۔ وُچھان وُچھان ووتھ واو، نبس کھوٚت اوبُر تہٕ پتہٕ لوٗگن روٗد۔ سڑکہ تہٕ کوچس اوس نہ کیٛنہہ پکان۔ واو موجوٗب آسہ اسہ سارنے دارِ بند کری مژٕ۔ بہ اوٗسس دویمہ پورٕ شیٖشہ دارِ اَندری کِن یہ نبرٕم حال وُچھان۔ اَتھی منز گۍ ہونہٕ بچہ سِنز ووپھرا ٲے۔ میٛہ دِژ نظر تہٕ وُچھم دون ژون دوٚہن ہُند ہونہٕ بچہ روٗدس تہٕ واوس منز اورٕ یور کران۔ زٕ ژور دوہ برونہہ اَس اَتہِ اکھ کرِہنی ہوٗنی پیامژ تہٕ تس اَس شیٛہ ہونہ بچہٕ زامتی۔ ازجس ییٚلہ بہٕ دفتر دراس میٛہ وُچھ یم ہوٗنی تہٕ تسندی ہونہ بچہ سانہ جایہِ دوچھنہ طرفہ بہتھ۔ تمہ وے ہونہ بچو منز اوس یہ اکھ۔ خبر موج تہٕ باقی ہونہ بچہ کتہ اَس۔ سوٚنچم زنٕ چھ یمن ہونہن پراٰہ۔ یم چھا گنہ تہِ جایہ بہان۔ پگہ ہے آسن یم ہونہ بچہ، بڈٕ گمتی تہٕ پتہ دِن نہ کانٛسہ وتہِ پکنہٕ۔ شرٕ ہن تہِ چھِ کانٛف ژانان۔ وارا شری گرِکھ چھوکہ لد تہٕ رتہٕ دٲے۔ پتمہِ ربتہٕ کالہِ کوٚ رُکھا اکھ موزوٗرٕ بچو رتیو تاہ رتہٕ دٲے زَسہ گو پتہٕ رحمتہٕ

منزِ ے گُزریمژ تہٕ پتہٕ اوُسس گُنے نیچو۔ سُہ پرنووُن لیکھنووُن تہٕ سُہ لوٚگ سرکاری نوکری۔ تمِ کوٚر شہرِ خاندرتہٕ بیوٚٹھ ہوورِ۔ بڈٕ مول تروُن گُنے زٕون۔ دپان نیچواوُسس پامہ دِوان زِ سُہ چھُ بُڈِتھ برٚیٹھیومُت تہٕ چُھنہ شُری کتھ تہٕ برداشت کران۔

از چُھنہ سُہ شخص کُنی نظرِ گژھان تہٕ نہ چھِ کُنہ تم لُکھ۔ نأ گنہِ تہٕ چھُ آب ژھوکیومُت ۔ آستانس تہِ چھُ واراہ تھوٚد پرینگ بناونہٕ آمُت ۔ آنگنس منز سبزار بدل سنگ مرمرترأ وِتھ مگر نہ چھِ دروٗد سلامن ہنٛز گربز تہٕ نہ چُھ کُنہ شُربن ہُند چُری گیُش ۔ زن چھُ پربتھ طرفہٕ اراتُن دَب۔

امابہٕ کیاسونچان، یِی نابہٕ تہِ دمہٕ ہااز کربکھ ''آشاوومیدا''
یِی سوچان سوچان گے میٚہ زن کنن زورٕ زورٕ کربکہ تہٕ وُچھم سأری لُکھ یِی ونان ''آشاوومیدانوقصانا''۔



# قضا

نبۄر اٲس رۄدِ ٹاسرٲے تہٕ ہتی اوُسس سخ واوتہِ۔ دِگرتام اوس کھُلہٕ تاپھ تہٕ نب اوس صاف۔ وُچھان وُچھان ووتھ واو، نبس کھوٚت اوبُر تہٕ پتہٕ لوٗگُن رۄد۔ سڑکہ تہٕ کوچس اوس نہ کیٛہنز پکان۔ واوِ موجوٗب آسہ اسہ سارنے دارِ بند کرِمژٕ۔ بہ اوُسس دویمہ پوٚرِ شیشہ دارِ أندری کِن یہ نبۄرِم حال وُچھان۔ أتھی منز گے ہونہِ بچہ سِنز ووپھرٲے۔ میٛہ دِژ نظر تہٕ وُچھم دون ژون دوہن ہُند ہونہِ بچہ رۄدس تہٕ واوس منز اورِ یور کران۔ زِ ژور دوہ برونہہ اٲس اتہِ اکھ کرِہنز ہوٗنی پیامژٕ تہٕ تس اٲس شیٚیہ ہونہ بچہِ زامتی۔ از صبحس ییٚلہ بہٕ دفتر دراس میٛہ وُچھ یم ہوٗنی تہٕ تسندی ہونہ بچہ سانہ جایہِ دوچھنہ طرفہ بہتھ۔ تمہ وے ہونہ بچو منز اوس یہ اکھ۔ خبر موج تہٕ باقی ہونہ بچہ کتہِ اٲس۔ سوچُم زِ ن چھُ یمن ہونہن پرٲہ۔ یم چھاگُنہ تہِ جایہ بہان۔ پگہ ہے آسن یم ہونہ بچہ، بڈٕ گمتی تہٕ پتہ دِن نہ کاٗنسہ وتہِ پکنہٕ۔ شُربن تہِ چھِ کاٗنف ژانان۔ وارا شُری گرِکھ چھوکہ لد تہٕ رتہٕ دٲے۔ پتمہِ ربتہٕ کالہِ کوٚ رُکھا اکھ موز وٗر بچو رتیو تاہ رتہٕ دٲے زَسہ گو پتہٕ رحمتہِ

منزے گُزرِمژٕ تہٕ پتہٕ اوُسس کُنے نیچو۔ سُہ پرنوُون لیکھنوُون تہٕ سُہ لوٚگ سرکاری نوکری۔ تمی کوٚر شہرِ خاندرتہٕ بیوٚٹھ ہوورِ۔ بُڈمول تروُون کُنے زوٚن۔ دپان نیچواوُسس پامہ دِوان زِسُہ چُھ بُڈتھ برٛتھیومُت تہٕ چُھنہ شُری کتھ تہٕ برداشت کران۔

از چُھنہ سُہ شخص کُنی نظرِ گژھان تہٕ نہ چھِ کُنہ تم لُکھ۔ نأ گنہٕ تہٕ چُھ آب ژھوکیومُت ۔ آستانس تہٕ چُھ واراہ تھوٚد پرینگ بناونہٕ آمُت ۔ آنگنس منز سبزار بدل سنگ مرمر ترأوِتھ مگر نہ چھِ دروٚد سلامن ہنز گربز تہٕ نہ چُھ کُنہ شُربن ہُند چُری گیُش ۔ زن چُھ پرٛتھ طرفہٕ اراتُن دَب۔

امابہٕ کیاسونچان، یِی نابہٕ تہٕ دمہٕ ہا از کربکھ ''آشاوومیدا''

یِی سوچان سوچان گے میٚہ زن کنن زورٕ زورٕ کربکہ تہٕ وُچھم سأری لُکھ یِی ونان ''آشاوومیدانوقصانا''۔



بچس نکھ۔ امہ وِز دراوغنہ خان نسبر تہٕ ووننس ''بشا ژےٚ کیا گووُ ے۔ ژٕ ہا چُھکھ پانہ تہِ دراصل ہوٚنۍ۔ اہانو شام نمازتہِ گوکھنہٕ پرنہِ۔ أمس ہونہِ بچس آیابلاے۔ دُنی یاہن جہانن پٲر نماز'' أمی ہوونس میٚہ کُن تہٕ وونس ''وُچھ تہٕ عاٲمر صاٲبس کُن۔ أمی وچھنا یہ ہونہِ بچہ مگر أمِس چھنہ ہوٚنۍ خصلت۔ یہ چُھ انسان مےٚ ستی آونماز پرنہ تہٕ ژٕ۔۔ افسوٗس ژےٚ کرتھ نمازتہِ قضا''

بشِن ترٲو میٚہ کُن نظر تہٕ تروٗون اُسن۔



حق۔ پانس ستی سوٗنچم ژنتس بلاے۔ بہٕ اوُسس وُ نہ سونچانے زِ اپاڑ گوٗمس تام سِندِ پکنچ آواز۔ یہ اوس غنی خانُن بشہٕ۔ سُہ اوس وارِ منز پچہ کھنجہ تہٕ لورِ جمع کران۔ أمی بناوٕیمن ہٕنز اکھ پاڑ تہٕ پیٹھ تروونس ژھہنہ مُت بوہرِ ٹاٹھ۔ روٗد اوس ٹاسہٕ رایہ وسان تہٕ یہ اوس بُرتھ آمُت مگر زن نہ اتھ کُن ظونے اوُسس۔ امہ پتہٕ اوٗن أمی یہ ہونہٕ بچہ تہٕ تھووُن اتھ پارِ منز۔ میٚہ دِژ گرِ کُن نظر تہٕ وُچھم زِ شام بانگ چھِ تیار۔ بہ ژاس واتھ روم وضو کرنہٕ۔ أتھی دوران بوٗز میٚہ زورٕ زورٕ کتھ۔ نظر دِژم تہٕ وُچھم واون نیوٗمت پھرِ ہُند بوہرِ ٹاٹھے تہٕ بشہ پکان ترپال ہتھ اور کُن تہٕ تس موج کرکہٕ دِوان۔

"بشہ یہ ہاچھ دانہٕ ہوٚ کھناونک ترپال اور کوٚت نیوٗتھ۔ یہ ہونہٕ بچہ ہا گرِ اتھ مو گُر۔ ژھوٚن سُہ بلاے أمس ناگرٕ ژھِ کینہٕ" تہٕ بشہ اوُسس ونان یورٕ "یہ ہے مرِ بچور، بہ ہے انے نو ترپال، اژِ ژِ اندر، بہٕ تراوے یہ ترپال اتھ پارِ پیٹھ۔ أمس ہونہٕ بچس ہے چُھ تِرِ ستی تھرتھراے وٕ ژھہٕ" یِی ونان ونان تروو أمی ترپال اتھ پارِ۔

یپاڑی پڑکھ بانگ تہٕ بہ دراس شام نماز پرنہٕ۔ واپس یتھ کھوتُس بیٚہ ہیوٚر، دأرِ منز رأوم تہٕ اتہِ وُچھم بشن أنہٕ منز کتہِ تام ژوچہِ تہٕ یمن اتھ روٗدٕ شرانین منز نیوٚک کران تہٕ أکس بانس منز تھاوان تہٕ سُہ بانہ نیون ہونہ

بشیٖر لالن تُل کلہ تھۆد تہٕ ترووُن زیوٚٹھ ووش تہٕ ترٲون میٚیہ کُن نظر۔ میٚیہ تھوٗوُس فنکِس پیٹھ اتھ تہٕ وونمس۔

"اکھ کتھ ہاونے، ژےٚ خبر آسےٕ۔ وُچھتھ کیا زِلوگُتھ اؤن تہٕ بۄزِتھ زۄر۔ سٕدرِ بُٹھس پیٹھ سیکہ ہٕنز بناوِمژِ لُر پیٹھ چھا کانٛہہ بھروسہ"

یہ بۄزِتھ ترووو بشیٖر لالن ٹھاہ ٹھاہ گٲرتھ اُسن تہ پیوٚو پتھر۔

پتہٕ ووتھ نہ زانٛہہ۔



# سکۂ لٔر

''نازٕ کیازِ پریشان۔ غم تہٕ شأدی چُھ آمتُے۔ یوٚت تاپھ توٚت شہُل۔ توٕ پتہ پیے چُھے۔ یِی آسہٕ لیکھتھ لوح محفوٗظس تی چھم نکھٕ والُن''

بہٕ اوسُس بشیر لالس دلاسہٕ دِوان یُس سخ پریشان اوس۔ أمی ووْن نہ اورٕ کینہٕ بلکہ اوس ڈبکس اتھٕ دِتھ پچھتاوان۔

''بشیر لالہٕ۔ میٚہ ہا چُھ امہ کتہِ ہُند احساس۔ سورُے چھم فکرِ تران۔ یہ ژٕ سونچان چُھکھ تہٕ یمن گوٚتن ژٕ گرٕ ھان چھکھ بہٕ چُھس تہ سورُے سمجان۔

یہ۔۔۔ دوہ رات گُنے گرِتھ۔ نہ کُنہ دوہٕ ٹک آرام نہ راتٕ ژٕ ہنزٕ ہِند رسہٕ تہ کرتھ پانس کامِن۔ اتھٕ موضوٗعی گرٕ گر پالِتھ پرٲوتھ تہٕ پرنٲوتھ شُری۔ یِی اوسُکھ نا سونچان زِ بُجرس منزٕ بنم ڈوکھ۔ کمارے گُلی بنٲوِتھ کرنم خدمت۔ تہٕ ووْنی یِیلہ الفس دال گوٚو تہٕ ہمتھ تہ سورے یِی تہٕ ہیکھتھِ تہِ دِتُے جواب۔ شریوتہٕ کوٚرُے جوابے۔ یِی چھنا کتھ؟''

# اما

''امایہ چھاپٕر زسوچھِ خوش۔ خوداہ زانہ، وونی ہاچھے میأنی دری ییلہ سہ زانہٕہ سمکھی ضرور پرِ ژھ زبس زِ سُہ چھاپزی پأٹھی خوش۔۔۔ نہٕ نہٕ۔۔ ژٕ پرِ ژھ زبس نہٕ۔ نہ ونہِ زبس بیٚیہِ کینٛہہ۔ صرف گری زلیس اکھ نظرتہٕ وچھ زلیس ڈبکس پیٹھ سفید مسہٕ لش تہٕ میأنی پأٹھی چھِ سا آبہٕ أچھ۔ اگریم چیز آسہٕ نس تیٚلہ پرِ ژھ زبس اکھ کتھ۔ سہٕ چھا ہوا ہس منز مرُن یژھان؟۔۔۔ اوٕرکیا ونے سُہ، میٚ ؤنی زِ۔ میأنی دری چھےٚ''

یم کتھٕ ؤنتھ تر ووُتمٕ ٹھاہ ٹھاہ گرِتھ اُسن۔



# اسم اعظم

سخ واو طوٗفان اوس تہٕ سٔدرس آسہ تھزٕ تھزٕ لہرٕ ووتھان۔ وُچھان وُچھان آیہِ اکھ بڈٕ تہٕ تھز آبہ لہر سائنس جہازس کُن۔ جہازس منٛز ساروے سواریولاجہ کربکہ دِنہٕ۔ ساروے سواریو کوٚر رمیٚہ زارٕ پارٕ زِبہ کرٕ خدایس منگہٕ منگ تاکہ طوٗفانس منٛز ہیٚنہ آمُت سون جہازٕ بچہ۔ بہٕ باسیوس یمن نیک تہٕ بزرگ۔ میٚہ اوس زیوٗٹھ خرقہ لاٛگِتھ، کلس پیٹھ دستار، ہتھس پیٹھ زیوٗٹھ ریش تہٕ اتھس منٛز تسبیح۔

''ژٕ پرھن توبہ استغفار۔ أسی کرو آمین تہٕ خوداۓ کرِ ضروٗر قبوٗل''

یم اُس ونان

تہٕ بہٕ ---بہٕ کیاونہٕ ہا یمن۔ سوٗرے اوس پوٚز مگر میٚہ ما اوس اسمِ اعظم یاد۔ یِی سونچان سونچان آو تیز طوٗفان تہٕ جہازس گےٚ چھلہ تہٕ سوارِ--- میٚہ تجٕ ووٗٹھ تہٕ گوس ہُشیار۔ میٚہ اوس عارقہ سران گومُت۔



# کتھ تہٕ پزٕر

روٗدٕ شرانہٕ وٕستھ کوٚرُن ٹھہراو تہٕ آسمانس پھیوٚ روُزٕ جار۔ رام رام
بُدرنی دوٗنی تہٕ کھرٕش۔ او برس لوٚگ نار۔ سأری چھِ خوش۔ پتہٕ وتہٕ چھِ ونان ییٚلہ
او برس نار لگہ پتہ چھُ دوٗرکران۔۔۔
اما یہ کیا گو؟ روٗدے لوٗگن بیٚیہ۔ کیازِ سنا۔۔۔ آ۔۔۔۔۔ وخ چھُ نا
ووٗنی بدلیومُت۔ سوٗرے بدلیومُت
نہ روزٕ پرانہِ کتھٕ تہٕ نہٕ پرون پزٕر !

☆☆

# خاب

سُہ اوس عجیب کتھ کران۔ مگر یہ ونان اوس تہِ اوس نہ خالٕی از معنے۔ ہر وِزِ اوس تس بُتھس پیٹھ اسُن آسان۔ راتھ ونیامس متہٕ آس یمن خابن خیالن منٛز روزان۔ حقیقت گۓ حقیقت تہٕ خاب گو خاب تورٕ ووٚنم

"بہٕ چھُس پزی پاٹھی دوہ رات خاب وُچھان۔ چھُے پے کیازِ"

"نامیٚہ کتہِ گۓ پے" میٚہ ووٚنُس یورٕ

اورٕ ووٚنم "بوز۔ میٚہ چھُ پے زِ بہٕ ہیٚکہ نہ سورُے زندگی منٛز حاصل کرِتھ یہ بہٕ یژھان چھُس۔ توے چھُس خابن منٛز یم ساری طماپوٗر کران۔ چھُ ناجان، شوق تہِ پٔنُن تہٕ خاب تہِ پٔنُن"۔



## سُہ

کوتاہ کال واژام تس ژھاران۔ بانگہ نیرِتھ ژانگہ پھیرِتھ۔ مشہدن تۂ آستانن، پیرن تۂ فقیرن، گوپھن تۂ غارن، بالن تۂ نین۔ کُنہ ما ییم اتھِ ---مگر----- ییلہِ بۂ رات شامس تھکِتھ پھکِتھ گھرٕ ووتُس تۂ فاقے فُقرے ترأوِم نِندٕر۔ مرِٕ رأژ گوس ہُشیار، اُچھ مُژراویم تۂ سُہ وُچھم برۄنہہ کنہِ-----۔ امایہ کیا۔ اگرے یہ رأژ منزاتھِ یِوان چُھ سُہ تہِ گھرِ تیلہ کیا اوسُس بہ دوہلہِ یمن جاین پھیری پھیری کران۔

خبر کیا۔ اسہ نہ دراصل کُنہِ گے پے۔



# برتھ ڈے

منزس اوس بۆڈ کیک تہٕ أندۍ أندۍ آسۍ اتھ واراہ شمع۔ سأری شُرۍ تہٕ بُڈۍ أس آمتۍ۔ ہٹو جیس اوس برتھ ڈے۔ مألِس ماجہ تہٕ نانہٕ بوڈبس خانہ مول۔ کُنے اولاد، سُہ تہِ دشہِ گنڈۍ گنڈۍ۔ شمع زألِکھ تہٕ کیک ژوٹُکھ تہٕ سارووے کوٚر زژ رِپوٚپ تہٕ لگۍ وننہ "ہپی برتھ ڈے ٹو یو۔ ہٹو جی" اڈیوترأوس روپیہ مال تہٕ أڈیو دِتُس گفٹ۔ ہٹو جین مول اوس سبٹھاہ خوش تُمۍ تُل اکھ کیک پیس تہِ دیُتن میٚہ کُن۔

"زٕ ٹیو کھیو۔ خوشی منز گژھو شأمِل۔ از گوٚو نا ہٹو جی پانژٕ وہُر۔ اکھ وری ہوٚ ریوس۔ میٚہ روٗٹ کیک اتہٕ اتھس منز ژٹھ لوٚگُس اندری سونچنہ امایہ کیا ونان۔ أمِس کتہِ ہوریوو أنسہ اکھ ؤری۔ أمسے اکھ ؤری ووتھ وأنسہِ۔ بلکہ مناوان أسۍ جشن اسہ چُھنہ فکری توٚ رمت۔ حسابے غلط۔"



# مہرنی مہراز

بادم پھولے اَس دراہِژ تہٕ لوکھ اَس بادم وارِ گُن ٹوکجن منز پکان۔ سانہِ محلکی تہِ درایہ بادم پھولے چھاونہٕ۔ پکان پکان واَتی اَسی رکنہ لمس نش۔ اتہِ پییہ میٚیہ نظر تتھ کنہ پلس گُن یپاَرِ سانہ لوکچارٕ اَس نہ دِوان پکنہٕ۔ ونان اَس اپاَرِ گژھِنہٕ پکُن، اتہِ چُھ کھوژُن۔ اتھ کنہِ پلس اَس ونان زِ یہ چُھ مہرنی تہٕ مہرازٕ وُلس گومُت۔ خبر یہ اوساپوٚز، بے جان تہٕ بے حرکت۔ مگر اکھ کتھ ترٕم نہ فکرِ از تہِ ییلہ بہ مہرازِ تہِ مہرنی وُچھان چُھس تمہ تہِ نے حرکتھے کران۔ زن آسان روٗزِتھ گاٮ۪متی۔ تمن کیازِ نہ کانٚہہ کھوژان۔

بہ اوسُس یمنے گوتن تہٕ میٚیہ گےٚ کھٕرتہٕ بہٕ آس اتھ کنہ پلس گُن چھاونہٕ۔

